# سونزلہ ہنڈی رنگ




فاروق بخاری

# فاروق بخاری کی دیگر تصنیفات

## حیاتیات

تصنیف ۱۹۸۶ء

چھاپ ۱۹۸۸ء

صفحات ۱۲۸

کشمیری میں حیاتیات (Biology) پر اپنی نوعیت کی پہلی کتاب جسمیں ۱۱۱ ابواب اور زائد از ۳۰۰ سائنسی اصطلاحات کے کشمیری مترادفات وضع کئے گئے ہیں۔ علمی حلقوں میں بہت سراہی گئی۔ (آوٹ آف پرنٹ)

## بنیادی فزیکس

(میکنکس)

تصنیف ۱۹۸۸ء چھاپ ۱۹۹۱ء

میکینکس کے بنیادی اصولوں پر محیط اس سائنسی تصنیف میں تقریباً ایک سو اصطلاحات کے کشمیری مترادفات وضع کئے گئے ہیں۔

## آو کشمیری پڑھنا اور لکھنا سیکھیں

تصنیف و چھاپ ۲۰۰۶ء

کشمیری زبان اور اس کے موجودہ رسم الخط کو سیکھنے کے لئے حال ہی میں منظر عام پر آیا، جو کشمیری زبان بولنے والے لوگوں کے لئے بہت ہی مفید ثابت ہو رہا ہے۔

## کشیرِ ہندی گُلی کٹھ

تصنیف ۱۹۹۷ء

اس ضخیم کتاب میں زائد از ۳۰۰ نباتات جو وادی میں پائے جاتے ہیں کے مقامی، سائنسی ناموں کے علاوہ دوائی، معاشی، عمارتی و دیگر استعمال پر روشنی ڈالی گئی ہے۔ کلچرل اکادمی نے شائع کرنے کا ذمہ لیا ہے۔

## کلام شیخ العالم

پہاڑی ترجمہ

قاری محمد اشرف کی معاونت کے ساتھ تقریباً ۱۰۰ اشلوکوں کا منظوم ترجمہ (زیر طباعت)۔ شیرازہ پہاڑی میں یہ شلوک پہلے ہی شائع ہوئے ہیں۔

KASHMIRI
LANGUAGE TEACHER

(Revised & Enlarged Edition 2006) 128 Pages
Size : 20 x 26 / 8

براے ڈاکٹر شاد رمضان صاحب
تحفۂ خلوص از طرف فاروق بخاری

# سونزلہِ ہٕنٛدی رنگ

فاروق
20-8-06

(مقالہٕ سومبرن)

## فاروق بخاری

تکبیر پبلکیشنز

مدینہ چوک، گاو کدل، سرینگر

کتابہِ ہُنٛد ناو

سونزلہِ ہِنٛدِ رنگ (مقالہٕ سومبرن)

مقالہٕ نگار: فاروق بخاری

چھپنٕ وٕری :۲۰۰۶ء

کمپیوٹر کمپوزنگ تہٕ تزئین :

TFC سنٹر، مدینہ چوک سرینگر 2473818

چھاپ: الحیات پرنٹوگرافرس سرینگر 9419403126

قیمت : 100 روپیہ

(ادیبن تہٕ طالب علمن ہِنٛدِ باپت خصوصی رعایت)

SONZLI HEND RANG

(Kashmiri)

by

Farooq Bukhari

کتاب میلنگ پتہ:

☆ علی محمد اینڈ سنز ، لالچوک سرینگر

☆ تکبیر پبلکیشنز ، مدینہ چوک سرینگر

☆ کتاب گھر ، لالچوک سرینگر

# نیب





# انتساب

پنٹِس اُستادِ محترم

**سید سیف الدین اندرابی**

صابنہِ ناوٕ

یِہنٕز تربیت تہٕ حوصلہ افزأیی

لو کچارس منٛز باگہِ آیم

نتہٕ آسہِ ہے میأنی مثال

سویتہِ ورأے ژاژنگیچ

# گوڈٕت

یہِ کتاب چھےٚ میانین تِمن مقالن ہنٛز سومبرن یم مےٚ کأشرِ زبأنؠ تہٕ ادبس متعلق وِلہِ وِلہِ پٔتؠ مبن ترٛ واہن ؤری ین منٛز لیٚکھؠ۔ یمو منٛزٕ چھِ گوڈنکی پانٛژ مقالہٕ آلو، ہرموکھ تہٕ شیرازس منٛز چھپیمتؠ تہٕ شیٚیم مقالہٕ چھپہ جلدے آلوٕ کِس ''فوک لور'' نمبرس منٛز۔ سٔتم مقالہٕ یوٚ دوے ساریٕ وٕ بژونٹھ تحریر چھُ آمُت کرنہٕ چھپو نہ کُنہِ تہِ رسالس منٛز گوکہ یہِ دِژ وو میٚیے کلچرل اکیڈمی کأشرِ شیرازٕ باپت۔

یہِ مقالہٕ سومبرن چھاپ کرٕنک منشہٕ چھُ زِ مختلف رسالن منٛز چھکرِتھ یم مقالہٕ گژھی رٕژھراونہٕ تہٕ یِتھ نہٕ یم گأل کھالتس گژھن۔ یہِ کتابہ ہن یوسہٕ ضخامت تہٕ سایزٕ لِکھِ لوکٹ چھےٚ چھاپِتھ اوٚن نہٕ مےٚ کانٛہہ لاس زٕینتھ۔ امیُک احساس چھُ مےٚ ضرور مگرتو تہِ یہِ مےٚ نِش اوس تی تھوٗم پرن والین آیُت۔

پننِن تِمنےٚ مقالن دِژ مےٚ یِتھ سومبرنہِ منٛز جاے یم

کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس ہٕستی تعلق چھِ تھوان۔ ''موغل باغن ہٕندی تعمیری گون''، ''راجوری کا ادبی منظر نامہ''، ''پُدھل اور بودھلی بولی''، کأشری پوش تہٕ تِہُند استعمال'' بیترِ ہی درجن واد مقالہٕ تہٕ مضمون یا تِہُند ترجمہ یتھ سومبرنہ منز شامل کرُن باسیووُنہٕ مےٚ مناسب۔ پوٚتس موژیے ستھ مقالہٕ یِم کأشرِ زبأنی تہٕ ادبکی مختلف گوشہِ گأشراوان چھِ۔ توے تھووُ مےٚ یِمن ہنزِ سومبرنہِ ہُند ناو سونزلہِ ہٕندس ناوس پیٹھ یتھ ستھ رنگ آسان چھِ۔

ووُمید چھُم پرن وألی دِن لوٚتِس گوٚبس معأفی۔

فاروق بخاری
رہایش گاہ تحصیلدار،
راجوری (راژٕ ویر)
موبایل:9419170752

26 جولائی 2006ء

(۱)

# کاشرس منز تکنیکی اِصطلاح سازی

تعلیمی ماہرن ہُند وُنُن چھُ زِ شُری ہیکن مَاجہِ زیٚوِ منز ے جان پأٹھی اصل تعلیم حاصِل کٔرتھ۔ سانی بد قسمتی چھےٚ زِ یِیتہِ چھے اَسہِ دوٚپَر زبانہٕ (اردو، ہندی تہٕ انگریزی) ذریعہ تعلیمہٕ رٔنگی وَرتاونہٕ یوان۔ نتیجہ چھُ نیران زِ سانین بچَن چھےٚ یِمہٕ زبانہٕ ہیٚچھانے وارِیاہ وَکھ تہٕ ہیکتھ (Energy) رَاوان تہٕ اصل مضمون (Subject) چھُنہٕ تِمن پوٗرٕ پأٹھی سہَل سہَل فِکر تران۔ کأشُر ذریعہ تعلیم بناونچہِ وتہِ منز یوسہٕ بڈٕ تھانٹھ یوان چھےٚ، سو چھےٚ یہِ زِ مختلف سماجی تہٕ طبعی علومن ہنٛدی اصطلاح چھِنہٕ تیار آمتی کرنہٕ۔ اَسی ہیکو نہٕ یہِ تہِ وٕنتھ زِ اَتھ پاسَس کُن چھُنہٕ سانیو دأنشورَو تہٕ لکھاریو کانٛہہ توجہ دیٚتمُت بلکہ چھےٚ وِزِ وِزِ اور کُن تِمن کُل گنیمژ مگر یہِ تہِ

چھے اکھ حقیقت زِیمہٕ کوٗشِشہ آسہٕ ہمیشہ انفرأدی تہٕ دوٚیمو اَدیبو

تہٕ لکھاریو ؤسی میچہٕ نہٕ یمن کرنسی (Currency)، ییٚہ چھُ یہٕ باوُن

ضوٚروری زِیمہٕ کامہِ چھُنہٕ انفرأدی طور کرنہٕ یوان بلکہ گرٛہن یمن

خأطرِ پینل (Panel) بناوُنہٕ ییٚنۍ۔

ییٚلہِ أسی کأشرِ کس غأرادبی نثری تأریٚخس نظر چھِ تراوان

اَسہِ چھُ نَنان زِ پنڈت رام جُو دَرن چھے ۱۸۷۶ ءمنز اکھ کِتاب

چھأپ ہٕژ یتھ ناو چھُ تحریر اقلیدس بزبان کشمیری Translation

of the First Book of Euclid۔ رام جُو چھِ تمہِ وقتہٕ محکمہ

تعلیمکی ڈایریکٹر أسی مِتی تہٕ یہٕ کِتاب چھے جمیٹری (Geometry)

ہنٛز بُنیأدی کِتاب۔

اتھ کِتابہ منٛز چھِ کأشری اصطلاح دَرج آمتی کرنہٕ۔ یہنٛز

تفصیل یتھِ کنہٕ چھے:۔

| رام جُونہِ مجوزٕ کأشرِ اصطلاح | اردُو اصطلاح |
| --- | --- |
| لَنڈ | ضلع |
| کوٗنج | زاویہ |

| | |
|---|---|
| نقطہ | پھٹوٗر |
| خط | رِکھ |
| تِکون | ترٛکوٗنج |
| بَرابر | سوٗم |

یِمن اصطلاحن گُن وُچھت ہسکو أسۍ وٲنِتھ زِ یہِ چھےٚ اکھ مأرۍ منٛز تہٕ تعریفن لایق کوٗشِش۔ ''ضلع'' خأطرِ یوٚ دوے أسۍ ''پاس'' تہٕ ''سومہِ'' بَدلہٕ ''بَرابر'' تہِ لیکھو، ہرجہ چھُنہٕ مگر باقی ٹرمن متلق ہسکو نہٕ أسۍ بتھِس دڑہ کھأرِتھ۔

پٔھہے ہش بیا کھ کوٗشِش چھےٚ حِسابَس (Arithmatic) متعلق پروفیسر سِرۍ کنٹھ توشخٲنۍ سٕنٛز کِتاب ''گرٛ ئیز وبد'' یوسہٕ تٔمۍ ۱۹۲۱ عیسوِیَس منٛز لیچھٕ۔ تٔمۍ گٔرۍ روأیتی اصطلاح دریافت مثلن پُشرن (جمع) وَالُن (تفریق) گوٗنُن (ضرب) پھالُن (تقسیم)۔ یِمہٕ اصطلاح ہسکو کھ نہٕ أسۍ وونۍ Recommend گٔرتھ تکیاز ''والُن'' ورأے چھُنہٕ وونۍ یِمو منٛزٕ (اردو ذریعہ تعلیم عام گژھنہٕ کِنۍ) کانٛہہ تہٕ لفظ عام فہم روٗدمُت۔ توشخٲنۍ چھےٚ یہِ عبارت یتھٕ کِنۍ بأونٛچ

سُفارش کَرمژ (یوسہٕ قالہٕ باف تعلیمہِ ہنٛدِ اندازٕ چھےٚ)

2+17-3x5 ÷ 8

زٕ پٔشر اوسَد اہ وال ترٚ ے گون پانٛژ ھ پھال اُٹھ،

اصطلاح سأزی کُن چھُ بیٛا کھ اکھ سنجیدٕ قدم امین کأمِل صابُن یَمِو پٔنٛس ادارتس دوران شیرازٕ کِس اگست ۱۹۶۶ ءکِس شمارس منٛز جغرافی ہٕٹزن بنیأدی ٹرمَن پیٹھ اکھ مضموٗن لیوکھ '' زانہٕ شبد۔ جغرافی'' ناوس تحت ۔ یِم اصطلاح تِمو تھٔرِمٔتی چھِ ، تِم چھِ تقرِیبن سأری موزون تہٕ مأری منٛدی ۔ چونکہ یہِ شُمار چھنہٕ وار یاہن سانٮٚن نوجوان اُدیبن نظرِ گومُت لہٰذا اروزِ مناسب زِ یہِ سوٗرُ ے فہرست یتیِہ پیٛتھن نقل کرنہٕ :

| کأشُر | انگریزی |
|---|---|
| سٔدٕ ری نوٚر | Strait |
| پاس | Side |
| زوٗ | Island |
| کٹہٕ زوٗ | Peninsula |

| کاشُر | انگریزی |
| --- | --- |
| سٔدرِ ی لامن | Isthmus |
| مغرب | West |
| مشرق | East |
| شمال | North |
| جنوب | South |
| زانڈ | Mist |
| وُنل | Haze |
| واوُلن | Cyclone |
| پۆت واوُلن | Anticyclone |
| سٔدرِ ی ہوا | Sea Breeze |
| مون سون | Monsoon |
| بُتھلِ ہوا | Land breeze |
| مال تار واو | Trade Winds |
| واوِ ہاوُک | Wind Vane |

| کاشُر | انگریزی |
| --- | --- |
| بُتھ نوک | Cape |
| نبہٕ دۄ ژند | Horizon |
| دٕر | Pass |
| شاہرہ | Highway |
| سڑک | Road |
| وَتھ | Way |
| آومال | Imports |
| دژاومال | Exports |
| شکل | Shape |
| کمپاس | Compass |
| کولہٕ پنجہ | Delta |
| سمندرٕ بۄٹھ | Coast |
| کولہٕ بۄٹھ | Bank |
| ملَر | Wave |

| انگریزی | کاشُر |
| --- | --- |
| Current | گتھٕ |
| Tides | لۄمبکھ |
| Rising tide | ووتھٕ لۄمبکھ |
| Receding tide | پۄت لۄمبکھ |
| Zone | بُوگ |
| Conferance of rivers | سنگم |
| Longitude | بہوترٕ |
| Latitude | بُراد |
| Circle of light | گاشہِ رۄو |
| Circle of darkness | گٹہٕ رۄو |
| Outer space | بالاشُنز |
| Pivot | دُرہ |
| Pivot of the earth | بُترٲژ دُرہ |
| Orbit of the earth | بُترٲژ شنی پَو |

| انگریزی | کاشُر |
|---|---|
| Volcano | وُپہِ بال |
| Planet | گرٛ ہُد |
| Great bear | ستہٕ ریٛشی |
| Pole Star | وُترٕ ی تارکھ |
| Meteor | پچھنہٕ تور |
| Snow Line | شِشنہٕ حد |
| Milky Way | گنگہٕ آرہ |
| Date Line | دوہہٕ روٚ و |
| Local time | مقائمی وَکھ |
| Standard time | معیاری وَکھ |
| Plateau | وُڑٕر |
| Health resort | شفاشاے |
| Head quater | صدرمقام |
| Feeding river | آپرن کول |

| کاشُر | انگریزی |
|---|---|
| آگُر | Source |
| بۆژَگل | Continent |
| سمندر | Ocean |
| سۆدُر | Sea |
| سۆدرِ کھون | Bay |
| بۆمنڈل | Globe |
| بمنزرٕکھ | Equator |
| مکررٕکھ | Tropic of Cancer |
| کرُکٹھ رٕکھ | Tropic of Capricorn. |
| بنہٕ بندی | Geographical boundaries |
| آسن شاے | Geographical Location |
| جغرافی | Geography |
| کولہٕ پتھر | Valley |
| تھوٗنگ | Peak |

| انگریزی | کاشُر |
|---|---|
| Climate | آبہٕ ہوا |
| Hot | گرم |
| Cold | سرد |
| Moderate (Temperate) | شِہل |
| Torrid zone | توٗت بوگ |
| Frigid zone | ہوٚنڈُر بوگ |
| Hilly | پہاڑی |
| Plain | پاتھُل |
| Meridian | مٔنز دبن |
| Prime meridian | شمارٕ مٔنز دبن |
| Permanent winds | وٕہری واو |
| Rift valley | پھراٹہٕ پتھر |
| Fold mountains | تہدار بال |
| Block Mountains | ٹنگہ بال |

| کاشُر | انگریزی |
| --- | --- |
| سیٚکیُل | Desert |
| ونہٕ وار | Oasis |
| پوٚت گرٕہدی | Secondary Stars |
| سوٚتھریا سطح | Surface |
| پچھمی واو | West winds |
| زُوٕلی | Archepelago |
| کولہٕ گوٚل | Mouth of the river |
| بُتال (بُتالہٕ) | Poles |
| نیچہ ذاتھ | Vegetation |
| دات | Metal |
| زُوذاتھ | Animals |
| کانہٕ ذاتھ | Minerals |

یِمن ٹرمَن پَرنہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ کأمل صأبن چھِ کیٚنہہ عام پأٹھی سمجنہٕ تہٕ بولنہٕ یِنہٕ وألی لفظ استعمال کُرِتھ بڈٕ جان اصطلاح

تجویز کری متی ۔ مثلن : زوٗ ، وُنل ، زانڈ ، پاس ، سمندر ، بوٗٹھ ، تارُکھ ، پاتھل ، آگُر ، سنگم ۔

اَمہِ علاوٕ چھےٚ فاضِل ادیبَن کینٛہہ ٹرمہٕ (Terms) سبتھ ہے مأرمنزٕ تہٕ ٹارٕ کھسنہِ لایق تھٔرمٕژ ۔ مثلن : پھرٛاٹہٕ پتھر ، وُپہ بال ، وٕہری واو ، آپرن کول ، کولہٕ پتھر ، واوٕ ہاوُک ، مال تاروَاو ، بُتلی ہوا ، سٔدری ہوا ، وَاوُلن ، آومال ، دراومال ۔

یتھٕ پأٹھی میٛہ بروٗنٹھے عرض کوٚر زِ اصطلاح سأزی ہنٛز کأم چھنہٕ کأنسہِ فردِ وأحدسنٛز بلکہ چھےٚ اَمہِ خأطرٕ کمیٹی بناونہٕ یوان ، چونکہ اَسہِ چھےٚ بدقسمتی زِ یتھی فورم چھنہٕ دستیاب ۔ لہٰذا اچھ حالس پی بہتر زِ أسی کرَورسالَن تہٕ اخبارن منٛز یہِ موضوع اُجاگر تہٕ اتفاق رایہِ (Consensus) سان کرَو اصطلاح قأیم تہٕ پتہٕ کروکھ تمے ہَرجایہِ استعمال ۔ أتھی اصوٗلس پیٹھ عمل کرتھ کرٕ بہٕ تہٕ کأمل صأب نبن کینٛژن اصطلاحن ترمیم کرٕنچ رائے پیش ۔ میانہِ ناقص رایہِ منٛز چھ منٛز دبن (Meridian) بدلہٕ "مندبن" ورتاوُن جاے موزوٗن ۔ تِکیازِ یہِ لفظ (مندبن = منٛزدبن) چھ زبأنی منٛز

بروٗنٹھے موٗجوٗد تہٕ عام پأٹھی استعمال سَپدان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ براعظم خأطرٕ ''بوٗژگل'' کھوتہٕ ''بووٕسر'' مُنأسب ۔ تکیازِ شیخ العالمؒ چھُ یہٕ لفظ اَکِس شُرکِس منٛز اَتھی مفہومس تحت ورتومُت ؎

سِکندری راج کوٚر دوٚن بووٕسرن

تَس تہٕ رأنم وٕژھے نہٕ ستی

(کلیات، شرک نمبر ۱۰۹)

بَالاشُنۍ (Outer Space) بَدلہٕ روزِ میانہِ خیالہٕ ہبر شُنۍ بھوژٕ (Longitude) بَدلہٕ بھوژٕ رکھٕ یا ہوژٕ رکھٕ ، بُراد (Latitude) بدلہٕ ''بُرادٕ رکھٕ'' یا ''راد رکھٕ''، ''دُرٕ'' بدلہٕ ''دارُن''، پچھمی واو'' بدلہٕ'' مغربی واو بہتر ۔ یوٚ تام پچھمی واو، کولہٕ بوٚٹھ، کولہٕ پنجہٕ، کولہٕ پتھر ہشن اصطلاحن ہُند تعلق چھُ ، یمہٕ چھےٚ غأرضوٚ روی طور ہندی یَس نگہٕ تھونہٕ آمٕژ ۔ "West" خأطرٕ اگر کأمِل صأب مغرب لیکھان چھِ تہٕ (West Winds) خأطرٕ کیازِ پچھمی واو تجویز کران ۔ ہندی وألی چھِ دریاوَس ندی وَنان تہٕ شعوری یا غأر شعوری طور چھِ کأمِل صأب ڈری یاوچہ جایہِ کول لیکھان ۔ عام

پاٹھی چھِ (River Bank) خاطرٕ ڈٔری یاو کونٹ وَنان ۔ تہٕ کول گٔیہٕ لوکٕٹ آبہٕ جوے۔Animals خاطرٕ ''زٕو ذاتھ'' وَنُن چھُنہٕ سائینسی طور صحیح۔ تکیاز زِہ زٕو دار چیزن منز چھ نباتات تہِ شامل۔

یتھٕ پاٹھی میٚہ برونٹھے بووزِ کاشرٕ بن اصطلاحن آیہ نہٕ کرنسی دِنہٕ تہٕ اکھاَ کِس نِشہِ تہِ کوٚرنہٕ ادیبَو استفادٕ۔ چنانچہ رٔودی ریڈیو تہٕ کلچرل اکادمی ہِوی ادارٕ تہِ مصٔلحتن اردٕو وَرتاوان ۔ کلچرل اکادمی چھُ انسا یکو پیڈیاہَس منز جایہِ جایہِ ''حدٕود اربعہ'' تہٕ ''عرض بَلد'' بیترِ لفظ استعمال گری متۍ ۔ وۄں گوٚو پزر چھُ زِ آکاشوانی ہنٛزن کاشرٕ بن خبرَن منز چھُ پُزٕ پاٹھی ''افق'' بدلہٕ ''نبہٕ ڈٔندٕ'' ورتاونہٕ یِوان۔

ڈاکٹر شفیع شوقؔ صابٕنۍ شخصیت چھےٚ یٔژ پاسل ۔ تمَو یِتہِ جدید شاعری تہِ لیچھی، کاشر ادبُک توارٕیخ تہِ تہذیبُک تواریخ تہٕ لیۆکھ تتہِ لیۆکھ تمو ناجی صابس ستۍ ''کاشُر گرامر'' تہٕ تہٕ بیٚیہٕ لیچھی تمو سائینسی مضموٗنن پیٹھ پننہِ نوعیتچ گوڈنچ کتاب ''فرشہٕ پیٹھ عرشس تام''۱

---

۱: چھاپ: ۱۹۷۴ء

اتھ منز گری تمو گوڈنچہِ لٹہِ کأشرس منز سائنسی اصطلاح تیار گوکہ یمہٕنٛد تعداد چھُ سٮ۪ٹھاہے کم۔ یہے کتاب بنیہ میأنہِ خأطرٕ بال پأنے محرک تہٕ میٚہ گیہ سائنسی ٹرمہٕ تھرٕنچ کل۔ یٮ۪تہِ میٚہ ترٕ ے ہتھ پیٚٹھی اصطلاح ''حیأتیات'' (کأشرس منز بیٚالجی پیٹھ گوڈٕنچ کتاب [۱]) ہَس منز پیش گری تتہِ گری میٚہ شوق صأبنی مناسب تہٕ یُنٛد بأنی اصطلاح پانٕژ شے تہِ استعمال۔ مثلن: ''گوڈلیس'' (Protoplasm) گوٗل (Nucleus)، گوٗلی پھوٗل (Nucleolus) گوٗلی لیس (Nuclcoplasm) بیترِ۔ ''فرشہٕ پیٹھ عرشس تام'' کِتابہ منز چھِ شوق صأب اَفٹ (Atom) اٹٕژ طاقت (Atomic Power) بتا (Ego) ہِشہ خوبصوٗرت ٹرمہٕ تھران۔ بُنیأدی فزیکس [۲] کتابہِ منز تہِ کرِ میٚہ کأشرِ لفظ بنہٕ منز ژأرِتھ ٹرمہٕ پیش مثلن مول (Value) چورس (Square) آے (Direction) منزی لہٕ (Distance) پھِرٕ عمل (Reaction) مأنتھر (Mass) وَزن (Weight) بیترِ۔

پننبن دون کتابن پیٹھ چھُنہٕ میٚہ حق واتان زِیہٕ کرٕیمن ہنز

---

۱: چھاپ ۱۹۸۸ء ۲: ۱۹۹۰ء

مولانکن ۔ مگر میانبن تھٕرِ مژن بیالجی ہٕنزن یمن ٹرمن آیہٕ عام حلقن منٛز سَر اہنا کرنہٕ ۔ کاشری ملَون (Photosynthesis)، گوڈ زٕولی (Protozoa) کھاسرِ دار (Craniata) دُپٹری (Dicotyledonous)، نیتھرٕ وُڈو (Nuptial Fight) بیترِ ۔

کشمیر یونی ورسٹی ہندی کاشری شعبن کٔر عبدالغنی مدہوش صأبنی کتاب ''نفسیاتھ'' چھاپ ۔ اَتھ منٛز تہٕ چھِ سیکالجی ہٕندی اصطلاح پیش آمتی کرنہٕ ۔ اما پۆز اتھ مضمونس متلق چھنہٕ مےٚ خاص واقفیت، لہذا ہیکہ نہٕ بہٕ اَتھ متلق کتھ کٔرِتھ ۔

چھیکرس کرٕ بہ یی عرض زِ مختلف مضمونن (Subjects) ہَندی اصطلاح ساز پینل کرن متعلقہٕ اِدارٕ مقرر تہٕ مُقررٕ (Approved) اصطلاح یِن پرٛتھ اِدارٕ تہٕ فردٕ ہٕندی ڈٕسی ورتاونہٕ ۔ تاکہ کأشرس میلہِ بجرِ تہٕ پوچھر ۔ تو تام گژھِ اَتھ مسلَس رسالن تہٕ اخبارن منٛز دَل یِن دِنہٕ ۔

(تحریر :۱۹۹۹ء)



(۲)

# اَن پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشن

موٗجوٗدٕ صدی ہندِس یتھ سائینسی دورَس منز سپُد حضرت شیخ نوٗر الدین ولیؒ سُند یہِ دوٗپ ہتَھ فیصدی پوٗز ثابت زِ اَن یعنی کھین چینکی چیز روزن توٗ تام گُنہِ جایہِ یاف یوٗ تام تتھ علاقس منز جنگل وارٕ وتہِ روزن۔ تُندِ ریشی سُند یہِ تُندٕ بون قول کوٗرٲزی کس دورَس منز سائینس کین وکھرٕ وکھرٕ شعبن ستی تعلق تھون والیو ماہرو (خاص کر ماحولیات دانو) دُرس ثابت۔

یوسہٕ کتھ سائینس دانن صدی وادن ہندِ تحقیقہٕ پتہٕ واشگاف سپز سو کتھ آس تَس پایہِ بڈس شیخس پننہِ روٗحانی یا باطنی نظرِ ستی الہٕ پلہٕ شےٚ ہتَھ ؤری برٛ وُنٹھ بوزنہٕ آمٕژ۔ حالانکہ تتھ دورس منز اوس نہٕ ماحولَس کانہہ خطرٕ درپیش تہٕ نہ اوس امیک توٗوزن بگر یوٗمت۔ ماحول کس توٗوزنَس یُس بوٚڈ خطرٕ در پیش چھُ، سہٕ ہیوٚتُن یوٗرپی صنعتی انقلابہٕ پتے پوٗرٕ دُنیاہس منز لاحق سپدُن تہٕ وۄنی چھےٚ صورت حال یژھ زِ زمین تہٕ اتھ پیٹھ روزن واجنبن زوٗ زاژن ہنٛز زندگی چھےٚ خطرس منز۔ ریناسان (Renaisance) تحریکہِ ہندِس نتیجس

منز آیہ یوٗرپس منز واریاہ انقلأبی تبدیلیہِ۔ انسأنی بِمار بن پٔتھ آو قوٗبو لبنہٕ۔ زندگی آیہِ آرام دِہ تہٕ مُنأسب بناونہٕ۔ زراعت کِس مأدانس منز تہِ آیہِ ترقی ،یمن سأری نِے کتھن ہُند اثر پیو کُل عألمس تہٕ نتیجہ دژاو انسأنی آبأدی منز سپُد غأر معمولی ہُرُ بر۔ ۱۸۳۰ عیسویس منز وأژ دُرس عالمٕچ آبأدی اکھ اَرب یوسہٕ وونی تیز رفتأری سان بڈان شے اَرب وأژمژ چھےٚ۔ انسانس پیٚو زیادٕ زیادٕ خوراک پأدٕ کرنہٕ باپت زراعتس تل زیادٕ زیادٕ روقبہٕ اَنُن۔ امہِ ستی ووت کلبن کٹنبن یا جنگلن ددارٕ۔ زمینہٕ ہندس سیٖنس پٔٹھ آو سڑکن ہُند زال وہراونہٕ۔ جایہِ جایہِ آیہِ کارخانہٕ، ڈیم تہٕ عمأرژ بناونہٕ۔

یمن کامبن منز گوٚو انسان کیٚژن جاین انتہا پسندی ہُند شِکار تہٕ تمی ترٛوونَن پٔتھ اتھ۔ یمہِ ستی بُترأژ پٔتھ انسان ہِندِس وجوٗدَس تام خطرٕ ووت۔ گزٛژن روٚس سأینسی دٔریافژ وتہٕ اِنکشافو پتہٕ ژوٚل أزی کِس انسانس بےٚ وایہِ نیرتھ:

"اَن پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشِن"

نُندرِیٚشی صأبُن یہِ دوٚپ سپُد تیوٗتاہ مقبول تہٕ مشہور زِ ماحول بچاوِنکس موضوٗعس پٔتھ یُس عالمی سیمنار ۱۹۸۲ عیسویس منز جینوا

(Geneva) سپُد ، تتھ منز کوٚر بھارتچہ آنجہانی وزیر اعظم اندا گاندھی ہُنٛد ریٚشی سُنٛد یہِ قول پیش (Quote)۔

أسی سأری چھِ زانان زِ انسان سُنٛد خوراک چھُ زمینہِ ہنٛدِ پیٚٹھی مہِ تہہ منز (یُس نون آنچن پیٹھ مُشتمل چھُ آسان) وو پدان۔ زمینہِ ہُنٛد یہِ تہہ چھُ سبٹھے اہم تہٕ فأید منٛد۔ چونکہ الہٕ بانہٕ ستی چھُ یہِ والینہٕ یوان ۔ اتھ چھِ اصطلاحی طور ''آکہٕ پھرٛاٹ'' (Furrowslice) ونان۔ مأہرن ہنٛد وُنُن چھُ زِ امہِ آکہٕ پھرٛاچ اکھ أنٛٹھ موٚٹ تہہ بننس چھ اکھ ساس وٕری لگان۔ لہٰذا اچھے امہِ کتھِ ہنٛز سبٹھے ضوٚرؤرت زِمیٖنہٕ ہُنٛد یہِ تہہ بیہہِ رٕژھراونہٕ۔ جنگل بے تحاشہ ژٹنہٕ ستی چھنہٕ رؤ دووٕنی جنگلن تہٕ پہاڑن پیٹھ ٹھہران بلکہ جلد از جلد بون وٕستھ یتھ میٖنہٕ ہنٛدس اَتھ تہس ییہٕ والان۔ یتھِ پأٹھی چھِ تمہِ علاقکی لٔکھ قأبل کاشت زمینہ نِشہِ اتھ چھلان تہٕ نتیجہ چھُ نیران زِ خوراک ٕکس پأداوارس منز چھے کمی واقہ سپدان۔ امہِ تلہٕ چھُ صاف ننان زِ سأنس خوراک ٕکس پأداوارس پیٹھ چھُ جنگلن ہُنٛد سبٹھے اثر ۔أتی چھُ ننہٕ ریٚشی ہِنٛدِس اتھ ٕدپس لولہٕ متہٕ لاے کرنس دِل کران۔

جنگلن کُن اَسی ازتام اَسی پننہِ غرضہِ چہ نظرٕ وُچھان۔ یمَو منز چھے اسہ تأمیری تہٕ زالنس رٕکُرٕلکر میلان مگر ماحولیاتی بیداٗری پاٗدٕ گژھنہٕ ستی چھِ وونی اَسی زانان جنگلن ہنٛدی کِتیاہ فأیدٕ چھِ۔ یِم چھِ زمین رُڈٕ گژھنہٕ نِشہِ بچاوان۔ یِم چھِ ہزار ہا جانورن تہٕ حیوانن پناہ گاہ رٕنگی بکار یوان۔ یِم چھُ رُوٗد والنہِ خأطرٕ سٕبٹھے ضوٗرُوٗری۔ رُدٕ برٛأتھی اوٗ برلنگ یِیلہِ گٔنبن وَنن ستی ٹکراوان چھِ تیٚلے چھُ رُوٗد پیوان تہٕ تیٚلے چھُ زمینس سگ دِنہٕ خأطرٕ آب میلان۔ ناگن، کولن، آبہٕ جوین آب پھیران، یُس چینہٕ خأطرٕ استعمال چھُ سپدان۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھُ یہِ آب بےشُمار طریقو ورتاونہٕ یوان۔

یمَو ساری وِ ے کتھو تلہٕ چھِ اَسی یہِ اخذ کران زِ انسان چھُ کھبن تہٕ چبن خأطرٕ وَنن ہُنٛد مرہوٗنِ منت۔

یوٚ دوے زمینہِ ہنٛدِس کُنہِ حصس منز جنگل ختم یِن کرنہٕ تتہِ سپدِ خوراکچ وبہٕ ھے تہٕ انسأنی کیٛو حیوأنی آبادی گژھِ کم۔

چھیکرس پییہِ اسہِ مانُن

”اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ وَن پوشن“

(تحریر ۱۹۹۳ء)

(۳)

# کأشرِ زبأنی منز عبرأنی انہار

''کأشرِ زبأنی پٮ۪ٹھ چھا عبرأنی زبأنی ہُنٛد کانٛہہ اثر کِنہٕ نہ؟''

''تہٕ'' کأشرس قومس منز چھا آریہ، کھس، پچھ تہٕ پشاجن ہٕستی بنی اسرائیلن ہنٛز تہِ آمیزش؟'' چھِ حساس موضوع۔ کینٛہہ کأشری ادیب چھِ یہِ زأنِتھ کتھ منساوان زِ یہِ نظریہِ آو خواجہ نذیر احمد لاہوٚری ہٕنٛزِ کتابہِ Jesus in Heaven on Earth (چھاپ ۱۹۵۲ء) ہٕستی بارسس تہٕ سُہ اوس احمدیہ فرقس ہٕستی تعلق تھاوان مگر پزر چھُ یہِ زِ برنیرس (یُس اورنگ زیب ہٕندس دورس منز کٔشیرِ توٚر) تہِ چھےٚ امہِ کتھِ ہُنٛد پَے کڈٕنٛچ کل آسمٕژ۔ تہٕند یو دوستو اوس تس فرماش کوٚرمُت زِ سُہ کریہِ کتھ سرٕ کھرٕ زِ یہود یو منز چھا کانٛہہ جماتھ کٔشیرِ آباد۔ یوٚ دوے تَس تِتھی ثبوت دستیاب تگی نہٕ کرٕنی یموٕ ستی سُہ شبقہٕ پأٹھی وٕنِتھ ہیکہِ ہے زِ کٔشیرِ منز چھِ بنی اسرأییل آباد سپدی

ہِتی ،مگر تو تہِ چھُ سُہ لیکھان زِ کٲشیرِ ہٕندٮ۪ن گامن چھےٚ یورپ چن یہوٗدی بستی ین ہٕتی مشابہت ، اکھُتے چھُ سُہ تہٕ تس پتہٕ پتہٕ واٗلی باقٕے یورپی سیاح کاشرٮ۪ن ہٕندی خدو خال وُچھتھ لیکھان زِ یم چھِ بنی اسرائیلن ہٕتی ہشر تھاوان۔ یِہ کتھ وٕنٕز گژھِہٕ بے جا زِ یم سیاح روٗدی یِہ کتھ مُشراوان زِ بنی اسرائیل شرو پے یِہ یوت ہٕتھ تِتھے گٔنٕز '' کاشرس قومس'' ہٕتی ہٕتھ کٔنٕز امہِ بروٗنہہ ناگ، ڈراوڈ، پشاچ بیترِ تہٕ امہِ پتہٕ مغل سیّد تہٕ قریشی بیترِ شرو پے یِہ۔ اکھُتے کوٚر تِمو ( بنی اسرایلو ) آریہ ہن ہُند ے دھرم قبول ۔ ووں گو ہٕتھ پاٹھی کاشر زبانی تہٕ کلچرس باقیو پٔنٕز پٔنٕز انہار بخشی تِتھے پاٹھی ترو و تمو تہٕ یمن دو نوٗنی پٹھ اثر۔

سلیمان ٹینگ تہٕ روزٕ بلگ ییتہِ آسُن چھُ ہٕتھ حقیقس کُن اشارٕ کران زِ بنی اسرائیل چھِ یور إٓمتی ۔ پتھ روٗد سوال زِ روزٕ بل کس حضرت سُند روضہٕ چھُ ، سُہ چھُ وکھرٕ موضوع ۔ والٹر لارنس چھُ '' دَ ویلی آف کشمیر '' (The Valley of Kashmir) ناوچہِ کتابہِ منز عبرانی انہارن کُن ژینہٕ وَن دِوان ، کاشرٮ۪ن متعلق ہٕتھٕ

کنہٕ باوتھ کران:

" As regards beauty, I have met some striking faces among old men and children, always of a decided Jewish caste .......... The hooked nose is a feature and the prevaling type is distinctly Hebrew.""

کأشرِ بوٚ أدیبو منٛز چھُ پروفیسر حاجنی امہِ کتھِ ہُند قایِل زِ کأشرِ زبأنی منٛز چھِ عبرأنی انہار موجوٗد تہٕ یِیتہٕ چھو موجوٗد کرٛامو منٛز چھےٚ واریاہ عبرأنی یا اسرائیلی موٗلچہِ۔ حاجنی مرحوم آسی گوڈنِکی شخص ییمی کأشرِ زبأنی منٛز عبرانی الاصل الفاظ بدکڈ نچہ کامہِ دَس تُل۔ ءستی چھےٚ تمو جاین ہنٛدی ناوتہِ بدِ کڈی متیٚ یمن عبرأنی آگُر چھُ۔ اتھ کامہِ منٛز چھےٚ گُنہِ گُنہِ دانبس ءستی ہچہ تہٕ رَل گمٕژ۔ مثلن تمو چھِ "آلُژھ" تہٕ "مالیُن" ہِوی الفاظ تہِ عبرانی الاصل مأنی متیٚ۔ اکھےٚ چھِ تم اسرائیلی ذأژن منٛز "نیایک" تہٕ "کار" تہِ شأمل کران ییلہِ زن پزریہِ چھُ زنیایک چھِ تم جنگجو یا راجپوت ییم کٔشیرِ أندی پکھی واقع باٛن) ہنٛدِ بن درن (Passes) ہنٛز رأچھ راوٹہِ خاطرِ

مامور آسی یوان کرنہٕ تہٕ ''کار'' چھِ بذاتی آریہ تہٕ چھِ برہمن ورنس ستی تولق تھوان۔ یہِ گرام وُچھ مے بنگالی برہمنن منز تہِ۔ عبرانی اثرٕکس ضمنس منز یمہٕ کینٛہہ ڈلیلہٕ نذیر، حاجنی، یا عزیز کشمیری ین دِژٕ تمو منز چھےٚ کینٛہہ بے بنیاد تہٕ کھوکھرٕ۔ مگر کینٛہہ چھےٚ پزی پاٹھی سوچنس پیٹھ مجبور کران۔ مے یُس تحقیق ذاتی طوراتھ ضمنس منز کوٚر یہِ مضمون چھُ تتھی پیٹھ مبنی۔

کاشرِ زبانی ہِندِس لفظٕ ووٚترِس (Vocabulary) منز چھِ درجنہٕ واد الفاظ تہٕ تلمیحات نظرِ گژھان یم قائیل چھِ کران زِ کاشرس پیٹھ چھُ عبرانی زبانی تہِ تیتھے اثر تروومت یتھ دراوڈ تہٕ وسطی ایشیائی زبانو اتھ پیٹھ تروومُت چھُ۔ یوٚ دوے زن امہِ اثرٕچ شِدت تیژ چھنہٕ ییژ سنسکرت، فارسی تہٕ عربی زبانین ہِندِ اثرٕچ چھےٚ۔ اکھتےٚ چھےٚ یہِ کتھ تہِ پز باسان زِ کاشرین منز چھِ بنی اسرائیل تہٕ رَلہِ گمتی۔ ووٚن گو زبانی زبانی چھِ اتھ نظرِ یس تمہ لکھ مخالفت کران یم دنیاہس باور چھِ یژھان کرناوُن زِ آسی چھِ خالص آریہ نہ زِ واریاہن قومن ہُنٛد مرکب (Racial Admixture) تمن چھُ خدشہِ خبر امہِ ستی ماوُچھن تمن

باقے آریہ کھاشُر (وو پر) نظر۔

کاشرِ زبانٕی ہنٛدِ ذخیرۂ الفاظ منٛز کرٕ بٕ کینٛہہ مثالہٕ پیش یموٚ ستی پرن وأل سہ تِہ ژوٚک تل واتہٕ زِ کتھ حدس تام چھِ کاشرِس منٛز عبرأنی اثرات:

۱. **امبہٕ دو پھ:** کٔشیر ۂنٛدِ بن کنٛجہ علاقن منٛز چھُ یہ دو پھ یا ززنٛڈ (Bush) لبنہٕ یوان۔ اتھ چھِ عبرأنی پأٹھی تہٕ "امبا" تہٕ انگریزی پأٹھی (Berberry) ونان۔ ہندوستانچہِ کُنہِ تہٕ زبانٕی ہندس لفظس چھنہٕ "امبہ" ناوس ستی ہشر۔ اَتھ چھِ مختلف آریأیی زبانن منٛز سِمبلو، کرٕمبُل، رسات رسوت، کنگور، کلمور، دژوہر درابیترِ ناو۔

۲. **سودٕ تہٕ بودٕ:** سانٛہن لُکہٕ کتھن منٛز چھِ سودٕ (بژور) تہٕ بودٕ (بژور) زٕ کردار لبنہٕ یوان۔ یِم چھِ ژکہِ زٕ موکل در سُدوح تہٕ بُدوح۔ سأمی چھِ یِمن تعویزن تہٕ مأنٛترن منٛز ورتاوان۔ مسلمان چھِ ازتہِ تعویزن پیٹھ یا سُدوح یا بُدوح لیکھان۔ کٔشیر منٛز چھِ مأنٛترگری آمہٕ تاوس اکھ مأنٛتر

پران۔ یتھ منز سُد وح سُند ناوہنہٕ چھُ یوان۔ سو مأنتھ
چھےٚ یتھ کنہِ "اگ دۆ دو، مگ دۆ دو، سأری چمن ورمہٕ
یۆ دو، نا گہٕ رادس آب دۆ دو یا سدوح یا سدوح! نارٕ دۆ دو
ژھہٕ گژھِ"۔

۳. **بُکہٕ نوٚصُر:** یہِ چھُ دراصل "بخت نصر" یُس بابلک اکھ زبردس شہنشاہ اوسمُت چھُ۔ یہِ اوس نصرانی مذہبک تہٕ اُمی کوٚر یہودین پیٹھ سخ ظلم۔ یوہے چھُ سُہ حکمران یَس انگریزی تأریخن منز Nebuchadnezzar ونان چھِ تہٕ تیمی ۵۸۶ ق م منز "ہیکل سُلیمانی" لہرووتہٕ یروشلمس منز قائیم مذہبی سلطنت "یہودا" تہس نہس کُر۔ باسان چھُ اُہندِ ہیے دورس منز چھِ یہوٗدی تتہِ ژٕلتھ کٔشیرِ منز آباد گمتی۔ اُمس وِلن (Villian) مانہٕ کٔنز روٗدی تم ییتہٕ تہِ کھرٕ ونس انسانس "بکہٕ نوٚصر" ونان یُس ازتام کأشری بلا لحاظ مذہب و مسلک مسلمان کیو بٹہٕ بول چالس منز ورتاوان چھِ۔

۴. **توتمہٕ:**

یہِ چھُ دراصل فرعون سلسلہٕ کِس ئوٚمِس بادشاہ ولید بن مغیرہ سٕنٛدٕ ناوُک کأشُر روٗپ یَس انگریزی پأٹھی "Totmes" ناو چھُ لیکھنہٕ آمُت تہٕ تیمی حضرت موسیٰ علیہ السلامس سٕتی جنگ وجدل کوٚر۔ توے چھِ ازتہٕ أسی بے بنٛیاد کتھِ ''توتمہٕ'' ونان تِتھے پأٹھی یِتھٕ پأٹھی کینٛہہ یِتھہِ کتھِ ''افراسیابی'' ونان چھِ۔

۵. **جوٗ:**

کٔشیرِ منٛز چھِ تجارت پیشہٕ شخصن ہٕنٛدِس ناوس سٕتی پتہٕ کنہٕ ''جوٗ'' رلاونہٕ یوان۔ اَتھ چھُ وجہ زِ یِہ ہو دی أسی تجارت پیشہٕ تہٕ یِمن چھِ Jew ونان أسی یِتی یُس وارٕ وارٕ جوٗ بنیو و۔ اکھُتے ووٚن کأشرِ بو پتہٕ یِنہٕ والین تا تارن تہٕ منگولن تہِ جوٗ مثلن ذُل جوٗ (ذوالقدرخان) بیٚترِ۔

۶. **شکس:** کأشرِ پأٹھی چھِ ''شکس'' تہٕ ''شکس لد'' تِتھس مردس یا زنانہٕ ونان یُس نہٕ سمأجی معیارن یا

اقدارن پٮ۪ٹھ وُتران آسہٕ۔ اسہِ چھےٚ غلط فہمی زِ یِم لفظ چھِ فٲرسی لفظ ''شکست'' پٮ۪ٹھ ماخوذ۔ ییٚمُک مطلب ''ہارُن'' چھُ۔ روٕرس ڈکشنری (Reverse Dictionery) (مطبوعہ ریڈرز ڈایجسٹ)، منٛز چھُ عبرٲنی لفظن ہنٛدِس فہرستس منٛز اکھ لفظ Shikse دِنہٕ آمُت ییٚمُک مانے چھُ ''سو لڑکی یوسہٕ نہٕ سماجی یا مذہبی اصول پاناوان آسہِ''۔ کٲشرِس منٛز امہِ لفظُک مفہوم نظرِ تل چھُ باسان زِ یِتہِ چھُ عبرٲنی پٮ۪ٹھ آمُت لفظ۔

## ۷. شہرچہِ بولہِ منٛز '' ر، ح، ف '':

مرازتہٕ کو پوارِ کیٚن علاقن منٛز ییمن لفظن منٛز ''ڑ'' چھُ یِوان تم چھِ شہرِ کِ تہٕ کمراز علاقکۍ اکثر لُکھ ''ر'' سٟتی بولان۔ یہِ چھُ عبرٲنی اثرُک نمایاں ثبوت تکیاز زِ عبرٲنی ییٚس منٛز چھُنہٕ ''ڑ'' اَچھر مثلن:

| معیٲری بوٗلی | مرازٕ بوٗلی |
|---|---|
| کوٗر | کوٗڑ |

| مرأزی بۆلی | معیأری بۆلی |
| --- | --- |
| ہوڈ | ہور |
| یوڈ | یور |
| گوڈ | گور |
| نوڈ | نور |

یہِ کتھ تہِ چھےٚ قأبل ذکر زِ عربی تہٕ عبرأنی یس منٛز یم مشترکہ اَچھر چھِ، تم چھِ نوم:

اب ج د ، ہ وز، ح ط ی، ک ل م ن، س ع ف ص، ق رش ت عبرأنی یَس منٛز چھِ صرف یمے ۲۲ اَچھر، تہٕ عربی یَس منٛز چھِ امہِ نشہِ ہریمانہٕ یم شےٚ اَچھر ث خ ذ، ض ظ غ، حأصل کلام چھُ یہِ زِ، شہر سرینگر کین خانیار بیٚترِ علاقن چھُ ''خ'' بدلہٕ ''ح'' ورتاونہٕ یوان تِکیا زِ عبرأنی اَچھر مالہِ منٛز چھُنہٕ ''خ'' مۆجۆد۔ تو ے چھُ ''بخت نصر'' سُنٛد ناوکأشرأ وِتھ بخہٕ نصُر بجایہِ بگہٕ نۆصرونہٕ یوان۔

عبرأنی اثر کیازِ چھُ شہری بولہِ منٛز زیادٕ تہٕ مرأزی بولہِ منٛز سارِوٕے کھوتہٕ کم، تتھ ہیکہِ وجہ أستھ زِ تجارت پیشہٕ آسنہٕ کِنۍ آسن

اسرٲییلی شہرس منٛز زیادٕ آباد سپدی متی ۔۔تمِک چھُنہٕ ہرگزیہٕ مطلب زِ مرٲزی قصبہٕ اسلام آباد، ویجہ بیارِ، پانٛپرِ، ترالہ کیاہ آسن نہٕ اسرائیلی آباد سپدی متی مگر یہٕ تہٕ چھےٚ حقیقت زِ اتہٕ چھِ دراوڑ نسبتاً زیادٕ آباد گمتی تہٕ تمہٕ زِ ن بولنہٕ ہُنٛد چھُ اتہِ چہ بولہِ پتھ سوٚن تہٕ گوٚن اثریوٚ دوٚ ے باقی علاقن ہنٛزِ بولہِ پٮ۪ٹھ تہٕ دراوڑ بولہٕ کم کاسہٕ اثر انداز سپدیمٕژ چھےٚ مثلن ''وولہٕ'' دَے (دَیُن) تہٕ ''مالہِ'' چھِ ملیالمس منٛز تہٕ لبنہٕ یوان یوسہٕ دراوڑ خانداںٕچ زبان چھےٚ ۔شہرس منٛز چھِ لُکھ عمومی طور تہٕ زنانہٕ خاص طور ''ف'' بہتر پاٹھۍ Pronounce کران یہِیلہِ زن گامکۍ ''ف'' بدلہ ''پھ'' ورتاوان چھِ یم ساری چیز چھِ عبرٲنی اثرک نتیجہٕ۔

## ۸. عبرٲنی الاصل الفاظ:

پزر چھُ یہٕ زِ یٮ۪تہِ چھُنہٕ عبرٲنی کانٛہہ زانان ۔نہ زانہِ ہے حاجنؔی صاٲب تہٕ نہ بہٕ ۔البتہٕ چھےٚ یہٕ تہِ حقیقت زِ عبرٲنی تہٕ عربی چھےٚ دوشوے سامی زبانہٕ ۔امہِ لِکھِ ما آسن حاجنؔی صاٲبن عربی کہِ توسطٕ عبرٲنی الفاظ بدِ کڈی متی تہِ زانہِ دَے ۔مےٚ لیٚچھو ''اسرائیلی

کنسولیٹس'' زِ کانٛہہ عبرانی انگریزی ڈکشنری ماچھوٗ؟ جواب ندارد۔
یہِ وُنن زِ کانٛہہ لفظ چھُ عبرانی مؤلُک، چھُ مشکل۔ البتہٕ چھِ کینٛہہ لفظ کاشُرِس منٛز تِتھی ضرور نظرِ گژھان یِم عربی لفظن ستی گنہِ حدس تام مشابہت چھِ تھاوان تہٕ کاشُر اونچہ عملہ منٛز زیادٕ بگرے متی تہِ چھِنہٕ۔ یِم چھِنہٕ فلک، ایمان، نار، علم، عَلم، ایمان، بیترِ ہوٗبن عربی الاصل الفاظ۔ کس قبیلس ستی تعلق تھاوان، ظاہر ما آسن یِم عبرانی ذریعہ کاشُرِس منٛز داخل گمتی۔ ضرورت چھےٚ زِ مزید تحقیق یِیہِ کرنہٕ، کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ:

شڑاک (عربی۔ شکاک)، ناد (عربی نود)، سبہِ یا سب (عربی۔ صب) بیٚیہِ زوٗ (باسان چھُ یہِ گژھِ ''بیضو'' آسُن تکیا زِ عربی پاٹھی چھِ ٹھوٗلس بیضہ وَنان)

اکھ تلمیح چھِ اُسی ورتاوان ''ہنہِ مشیدِ ہُند جن''۔ اتھ سۭتھ چھُ نَنان زِ ''ہُن'' قومہٕ کہِ وقتہٕ یِم مہر کل، سندس قیادتس منٛز یور آیہ تہِ آسہٕ بیٚیتہِ مشیدِ۔ مگر باسان چھُ زِ یہود بن ہنٛد بن عبادت خانن اُسی بیٚیتہِ مُشیدِ وَنان۔

رؤدسوال زِ کٔشیرِ منز سپد ے یاہ یہودی یعنے بنی اسرائیل بسکین تہٕ تم رلے یاہ کأشرس قومس سٍتی ؟ اَتھ ہیکن مأہرین ڈی، این اے فنگر پرنٹ (D.N.A Finger Prints) ٹسٹ کٔری تھٕے تصدیق کٔرِتھ۔ ووں گوتھٕزنس، پرٛون رنگ، تتنگری، ذہانت، رسم ورواج بیٚترِ چھِ اَتھ نظرِ یس ڈکھ کران۔

تحریر: ۲۰۰۰ء



④

# راژٕ ویرِ ہندی کأشِری تہٕ تِہنٛز بولی

کٔشیرِ منٛز آسنہٕ ژٕ تٕرِ یٚے ڈٔہلی بروٚنٛٹھ عام انسانس پتاہ ژِ وادی نیبر تہٕ چھِ کأشُر بولن وألی روزان ۔ ووٚنی چھِ یہِ کتھ واریاہ لُکھ زانان ژِ ڈوڈہ ، بانہال ، کِشتواڑ بیترِ علاقن منٛز چھےٚ کأشر زبان أکِس مخصوص خولہٕ خطس منٛز رٕژھرِتھ ۔ جوٗمی صوبہٕ کین شَن وٕنی ضِلن منٛز چھُ کأشُر تہٕ باقی بولین لرٕ لوٚر بولنہٕ یِوان ۔ راژٕ ویرِ (راجوری) ہندین تھنہ منڈی ، بُدھل تہٕ خاص سرٕ یہِ منٛز چھِ کأشُر نسلکی لُکھ پانہٕ وأنی کأشرِ ہسے منٛز کتھ باتھ کران ۔ پرٛونٛژھس (پونچھس ) منٛز چھِ گجری ، بکروال تہٕ پہأڑی نسلہٕ کین لُکن علاوٕ کأشِری تہٕ پرٕتھ علاقس منٛز لسان بسان ۔ یِہُند کأشُر چھُ معیأری بولہِ سٕبٕٹھاہ نزدیک ۔ ویسے تہِ چھُ کِشتوأڑی یا بھدرواہی کأشُر

کھوتہٕ پرٛنژھ تہٕ راژ ویرِ ضلن ہُند کأشُر زیادٕ معیأری تہٕ مأری موٚند۔ بوزٕ وَے تہٕ پیر پانژالس اَپارِ چھِ بالن پیٹھ پرِ بتھ علاقس منز کأشری تہٕ کأشر زبان لبنہٕ یِوان ۔ چنانچہ اُدھمپور ضلس منز شأمِل گوٗل ، گولاب گڑھ تہٕ مہور علاقن منز چھُ کأشرِن ہُند جان تعداد ۔ اَتِکی کأشری چھِ دۄہی دۄہس کأشرُ ے کران مگر لہجہ کِنی چھُ یہِ دۄرِ گجری پأرِم باسان ۔ اَتہِ چھِ بولہِ چھُ ڈوڈہ ضلہٕ چہِ بولہِ ہُند ہیوٗ انہار۔

یودوَ ے ڈوڈہ کین مختلف علاقن منز کأشُر وسعت لبان چھُ (یوسہٕ اکھ خوش یِووُنی کتھ چھےٚ) مگر راژ ویرِ منز چھےٚ صورت حال مایوس کُن یمیٚتہِ زن کأشر زبأنی ہُند حلقہٕ کأشرِ نسلہٕ کین لُکن منز دوہ کھوتہٕ دوہ شروکان چھُ ۔ (البتہ چھِ تم گُجری بکروال کأشُر ہیچھان یم گشیرِ ترٛان چھِ ) ۔ اتھ چھِ کیٚنہہ سمأجی ، نفسیأتی تہٕ تأریخی وُجوہات یمن پیٹھ برونٹھ پھِن کم کاسہٕ گاش تراونہٕ ییہِ ۔ ڈوڈہ چھُ واریاہن بولین ہُند میوٗزیم ۔ اَتہِ چھےٚ مسلسل کأشر زبان لوٚکچن لوٚکچن بولین ننگلاوان تہٕ فتح یأبی پراوان برونٹھ پکان مگر راژ ویرِ منز چھِ وۄنی کأشر نسلکی نصف جادٕ لُکھ صرف پہاڑی تہٕ گوجری

سمجھان تہٕ بولان تہٕ ووٚنی ہسکوٲسی انصافہٕ سان وٚنتھ زِ تہنٛز مادری زبان چھےٚ پہاڑی۔ تِمن بروٚنٹھہٕ کنہِ گوٚو کٲشر کرُن کوکرن موکھتہٕ چھکُن۔ مگر یم لُکھ چھِ پہاڑی بوٗلی تہٕ لباس کھو کھبن چھبن پانہٕ نٲوتِھ تہِ ''کشمیری'' ناوٕ ستی گنٛزراونہٕ یوان۔ حالانکہِ یم کٲشری چھنہٕ پہاڑی تہٕ گُجری نسلہٕ کبن لُگن ستی رشتہ دٲری بلکلُے کران۔ اَتھ کتھِی چھِ یم کٹر۔ درہال تہٕ بکوٗری تہٕ یِمن أندری یکی گامن اندر چھُ کٲشربوکے حال کٲشُر مُشر وومُت۔ البتہ چھِنہٕ تھنہ منڈی، بھروٹ، بدھل تہٕ یمن أندی یکی گامن منٛز کٲشُر ختم گژھنکی آثار ڈینٛٹھی یوان۔ یِمن علاقن منٛز چھِ کٲشرِ نسلکی لُکھ (یِمن ڈار، رٲتھر ،نیایک، بٹ، شال، رینہ، گنیٔ، لون، ملک، میر، ماگرے، خان بیترِ کرامہ چھےٚ) اکثر یتس منٛز۔ یِمن علاقن منٛز چھِ شُری کٲشری پٲٹھی وَدان تہٕ زنانہٕ کھاندرن کھوٚ ندرن منٛز کٲشری پٲٹھی ونہٕ وان تہِ۔ یِمن یوٚ دوے پہاڑی زبانٕی پیٹھ تہٕ عبوٗر چھُ مگر توتہٕ چھےٚ یمن نِش اَتھ ثانوی حٔثی یتھ۔ راز ویرِ سریہِ منٛز چھےٚ صورتحال وُلٹہٕ۔ اَتہٕ چھِ گرہتھ ڈوڈ ہتھ کٲشری یم جاےٕ پہن وارڈ نمبر دہس منٛز روزان

چھِ ۔ یوٚ دوَے وُنہِ ساری نٔے گرن منٛز کم کھوتہٕ کم اکھ زٕ نفر کأشر

کران چھِ (تہٕ تقریباً نمتھ فی صدی کأشرِ کأشر سمجان چھِ ) مگر

یِمن چھُ ووٚنی پہاڑی بولہِ ہِندُ ے رس لوٚ گمُت ۔ تِہنٛز نوٚ پے

خاصکٔرِتھ لڑکہِ یِم جاۂ پہن بازرن تہٕ سکولن منٛز پہاڑی بوٚلی کرن

والین بچن ستی ووتھان بہان چھِ ، چھِ کأشرس گُن بے مائل

لاگان ۔ چونکہِ کورِ چھےٚ جاۂ پہن وقت گرس منٛزے ماجن ستی

گذاران تمہٕ چھےٚ کأشُر ہیچھان ۔ کشیرِ ہندین لُکن چھُ یور کیٚ

ییٚن گرٛھُن ۔ البتہ چھِ کأشرِ ملاٰزم (بٹہٕ کیو مسلمان ) ملازمت

کِس سِلسلس منٛز اور لگان ۔ اتہِ چھِ جاۂ تر کأشرِ کیو پہاڑی

مکانٛک کیٖنٛہہ حِصہ ملاٰزی من کرایس پیٹھ دِوان ۔ یِمن کأشرین

ہندین گرن منٛز کأشرِ ملاٰزم ڈیرِس روزان چھِ تِم چھِ کینٛہہ کالہٕ

ہیٚے منٛز پنٕن کأشُر Standardise کران ۔ ہرگاہ ریڈیو کشمیر کہِ

سرینگر سٹیشنٕچ نشریات اَتھ ضلس منٛز لُکھ بوٗزِتھ ہیکہ ہَن ، کأشرِ

یوتھ نہٕ بلکہ گُجری بکروال تہٕ باقی لُکھ تہِ کرہَن پنٕن کأشُر صحیح

(Improve) ۔ اتھ برعکس چھ جومہِ کہِ سٹیشنہٕ پیٹھٕ فقط ہفتس منٛز

صرف ڈوڈ گنٹہٕ کأشرِس ''پمپوش'' پروگرامس مُشخص ۔ ڈوگرٕ سیاست کارن ہندٕ بن Expansionistic عزا ایمن کیا گری زِ!

راز ویرِ ضلس منز یوسہٕ کأشِر بوٗلی کرنہٕ چھےٚ یوان، سو چھے بنیأدی طور ''مرأزی'' بوٗلی ۔ییٚلہِ زن پرٛونٛژھکی کینٛہہ کأشری کمرأزی بوٗلی تہٕ بولان چھِ ۔ اَتھ چھُ وجہِ زِ یم کأشری رازٕ ویرِ منز لسان بسان چھِ تِم چھِ گُلہم پلوأمی ضلہٕ کھوٗشُپین تہٕ پلوأمی تحصیلو پیٹھٕ اورٕ گمتی تہٕ چونکہ پرٛونٛژھس ستی چھُ ورمُلی ضِلک سرحد رلان، تورِ چھِ ورمُلی کی لُکھ ترٕ ئری متی ۔

کأشرٕ بن چھنہ اور ہجرت گری متِس جاۓ کال گوٚمُت ۔ رازٕ ویرِ ہندِ اکہِ پرانہِ خاندانُک شجرۂ نسب وُچھِتھ ننیوٗ مےٚ زِ یمن چھےٚ وُنی کین اَتہِ پانٛژھ پیرِ گمژ ۔ ہجرتکی چھِ مختلف وُجوہات ۔ کینٛہہ چھِ قحطٕ موٗجب ژٕلی متی تہٕ کینٛہہ تجارت کران کران اَتھ حسین سرزمینس مشتاق گمتی ۔ اکہ کتھ چھےٚ آثار و قرأینو تلہٕ باسان زِ یمن ستی آونہٕ اَتہِ جان سلوٗک کرنہٕ ۔ چونکہِ ڈوگرٕ دور اوس تہٕ اتکین ہندی تہٕ مسلمان راجپوتن اُس اتھ دورس منز قومی تفاخُرن وُنہٕ وأجہِ مژ ۔

تموزٲنی یم مجبوٗر مہاجر، مگر کٲشُر ذہانت یوسہٕ عالمس منز تسلیم چھے کرنہٕ آمژ کتہٕ نیمہِ ہایمن بے حَم راجپوتن بروٚنٹھ کنہِ۔ پرنس لبکھنس تہٕ تجارتس منز چھِ ووٚنی یم سبٹھاہ تیز ی سان قدم بڑاوان مگر سیاسی ماٚدانس منز چھُ یمن اقلیتس منز آسُن مار کران۔

یہٕ زن بروٚنٹھے وَننہٕ آوٚ زِ یم لُکھ چھِ پلوامی ضلعٕچ بوٗلی کران۔ مگر اتھ پٮ۪ٹھ چھےٚ پہاڑی بولہِ ہنز سٕنز تہٕ گٔنی چھاپ۔ گُنہِ گُنہِ چھُ کانٛہہ کٲشُر لفظ رٕژھرِتھ حالتس منز نظرِ گژھان۔ یم چھِ "شکس لد" تہٕ "تاوَن زد" لفظ پہاڑی بولہِ منز تہِ ورتاوان۔ اکھٕتے چھُ غارٕ کٲشرٕن تہِ یم لفظ ورتاونُک عادت گوٚمُت۔

ییٚتہٕ بھدرواہ، ڈوڈہ، کشتواڑ بیترِ علاقن منز کٲشری گرٛند صرف اکہِ پٮ۪ٹھ نوس تام کٲشری پٲٹھی تہٕ باقی اُردو پٲٹھی وَرتاوان چھِ، تتہٕ چھِ راژ ویرٕ ہندی کٲشری ساٚرِے گنتی کٲشری پٲٹھی استعمال کران۔ البتہ چھِ یم ۲۶ ہس "شےٚ وہ" تہٕ ۴۷ ہس "سَتتاجی" ونان۔ بیٚیہ چھِ یم اٲٹھ شتھ، نوشتھ بجایہِ اٲٹھ ہَتھ، نوہَتھ بیترِ ونان۔ کیٚنٛہہ لفظ یم عام پٲٹھی وَرتاوس منز اَننہٕ چھِ یوان، تِہُنز

صۆرتھ چھےٚ تتہِ یتھٕ گنہٕ :

| گٕشیرِ ہُنٛد کأشُر | راژِ ویرِ ہُنٛد کأشُر |
| --- | --- |
| کأژ کبتھ | کأژ |
| راتھ | پۆہ |
| کالچس | راتھ |
| کھاندر (بمعنی شادی) | یینہِ وول |
| لڑٕکہٕ | بوٗگت |
| مائژ نانی | داد |
| وٕلوھض | ییوسا |
| چکرس گرٕٹھُن | چکرلاگُن |
| نشائٕی | پٕرٕھل |
| کنگوٗ | کنگہٕ |
| چھٹی | چھٹُ |
| کاپی | کأپُر |
| وان ترٛ اوٗن | وان مُرٛ راوٗن |

أندی پکھی پہاڑی، گجری تہٕ باقے بولہٕ بولن وألی آسنہٕ سَببہ چھُ یمن ہُنٛد لفظٕ ووٚتُرتہٕ تبدیل گومُت، مِثالہٕ پأٹھی وُچھو:

| گشیرِ ہُنٛد کأشُر | رازِ ویرِ ہُنٛد کأشُر | پہاڑی | اردو |
|---|---|---|---|
| ہَمسایہ | گمانڈی | گھمانڈی | پڑوسی |
| وارٕ کارٕ | چنگہٕ بَلہٕ | چنگابلا | اچھابلا |
| پامہٕ ووٚ تُر | طانہٕ تہٕ مینہٕ | طعنے تہ مینے | طعنے |
| تاوَن | سِرکھٕ | سرکھی | بلا |
| دوٚ دسہٕ | کہلی | کہالی | پیاس |
| حسد | ساڈہ | ساڈا | حسد |
| بے منٛد چھ | ڈیٹھ | ڈھیٹ | بےشرم |
| پھُٹہٕ ووٹ | پھُٹہِ متی پونسہٕ | پھٹے نے پیسے | ریزگاری |
| کورِ ہُنٛد نیچُو (زُر) | دوترٕ | دوترا | نواسا |
| نیچوِ سُند نیچُو (زُر) | پوترٕ | پوترا | پوتا |
| گاڑی | گڈی | گڈی | گاڑی |

تِتھے کنہِ ہیکہِ نوم جُملہٕ وُچھِتھ راز ویرِ ہنٛدس کأشرس تہٕ

کٔشیرِ ہنٛدس کأشرس اندر تفاوتُک اندازٕ سپدِتھ:

| سون کأشُر | رازٕ ویرِ ہُنٛد کأشُر |
| --- | --- |
| یٔیتہِ چھُنہٕ ماز بنان | یٔیتہِ چھُنہٕ ماز لبان |
| ماز موٗرٕ تھا؟ | ماز بَنو وتھا؟ |
| بہٕ آس گاڑِ کبتھ | بہٕ آس گڈہ پیٹھ |
| دلیل کیا چھےٚ | کتھ کیا چھےٚ |
| مےٚ دِہ | مےٚ ہاو |
| ریڈیو پیٹھ کیا وونُکھ | ریڈیو پیٹھ کیا ہوٗکھ |
| مےٚ کورُ وضو | مےٚ بنو وُ وضو |
| سُہ دزٕ او کوچہِ کنہٕ | سُہ توٚر کوچہِ کنہٕ |
| کوٗکُر مار | کوٗکُر کَر ذبح |
| بہٕ گوس سُلی ہُشیار | مےٚ آیہِ جلدی جاگ |
| یہِ کتاب نہِ | یہِ کتاب گرٹھ ہیٹھ |
| تِمس چھُ پھکھ یوان | تِمس نِشہِ چھُ مشُک یوان |

ژےٚ چھیہِ قلم؟

قلم چھیہِ؟

سیئُن کیاہ روْنوہ؟

اُسی اُسی گوڈ پیٹھے ییتہِ روزان۔

تیلہِ اُسی لاگان اِتھمہِ پاسَن ماشٹر

بِہِ لوْگُس میٹرک گُرتھ نوکری

تِمُس اوس تہِ کرُن یہ دل ونہِ ہس

دلیل بوزِ ناو گوڈ پیٹھے

کوکرس کرنوُم کھش / کوکُر مارنوُم

کٹس کوْ رُکھ کھش

تیلہِ کالی اوس بازردوُر

تمس کیاپچھُ ناو؟

مےٚ چھِنہِ بنان پلو چھلنہِ

سأری پلو چھِم چھلنے

ژےٚ نِشہِ چھا قلم؟

قلم چھیہِ نِشن؟

ہاکھ کیاہ روْنوہ؟

اُسی اُسی مونڈِ پیٹھے ییتہِ
روزان

تیلہِ اُسی ہوُن اِتھمہِ پاس ماسٹر

مےٚ لج میٹرک گُرتھ نوکری

تِمی اوس تی کرُن یی دِل ونہِ ہاس

کہاَنی بوزِ ناو مونڈِ پیٹھے

کوگُرٹ کرنوُم حلال

کٹھ کوْ رُکھ ذبح

تمن زمانن مثزِ اوس بازردوْ راٰسن

تمی سُنڈ ناو کیاپچھُ؟

مےٚ چھِنہِ پلو چھلنہِ یوان

سأری پلو چھِم چھلنی کتھی

خبر کانٛہہ مایہِ
بانہٕ چھل سُرٕ ستی

(سۄر)

برونٛٹھ اوس اپارِ دفتر
سُہ اوس بیٚیتہِ تحصیلدار
سو آیہ نہٕ ژٕ ے نِش
ژٕتہٕ آسکھ گومُت لتس نِش
سُہ کڈی أچھٕ زٕ
راتس روز پیٚتی
بہٕ گرٛشہٕ ژٕ ے ستی دِلہِ
سانہِ قبیلگ چھنہٕ کانٛہہ فوجس منٛز
پگاہ چھنہٕ کینٛہہ چھٹی
مےٚ دِماغی، مےٚ گیہِ غلطی
بہٕ یِمہٕ کالی کیتھ واپس
ژٕ ے چھتھاہ خاندر کوٚ رُمت

خبر گُس واتہِ أنتھ
بانہٕ ہےٚ سُزِ ستی چھلِتھ

(سُز)

برونٛٹھ اوس اَپارِ دفتر آسن
سُہ چھُ بیٚیتہِ تحصیلدار رُوٗزِتھ گوٚمُت
سو آیہ نہٕ ژٕ ے نِش
مون، ژٕ گُنہہ آسکھ گوٚمُت لتس نٔشہِ
سُہ کڈی أچھِ زٕ
رات روز پیٚتی
بہٕ پکہِ ژٕ ے ستی دِلہِ
سانہِ برادری منٛز چھنہٕ کانٛہہ فوجس منٛز
پگاہ چھنہٕ گُنہِ تہِ چھٹی
مےٚ کر معاف، میانہِ سپدیہِ غلطی
بہٕ پھیرِ کالی
ژٕ ے چھیا پیٚنہِ وول کوٚ رُمت

ژےٚ چھیا حساب تگان

ژےٚ چھیا بنیان تگان ووٕنز

بتٕہ میونڈ گرشھِ نفرٕس آسُن

مےٚ آسہِ ہے یتھ دستخط

سُہ چھُ مےٚ دوس

سُہ کمہِ زآ ژھُنڈ چھُ

سُہ چھُ گجُر

یہِ خبر بوٗ زِتھ پیٚیم شہلتھ

لَیِٹھ کرژھبتٕہ

کاٗژ رتمبر چھِسا

پلَو چھِ ہٕس ترآ وی ٕمتی

ڈٔندر لاٗ جنم

مےٚ چھُ ترٛیشہِ ڈٔ دسہٕ

اتھٕ پٹھر اوتہٕ کھےٚ بَتہٕ

میون موزٕ کتہِ چھُ

ژےٚ چھیا حساب یِوان

ژےٚ چھیا جرسی ووٕنچ جاچ

ژوچہِ میوٚنڈ گرشھِ نفسس آسُن

مےٚ آسُن یتھُ دستخط

سُہ چھُ میون دوسَت (دو۔سَت)

سُہ گُس چھُ

سُہ چھُ مُنُل

یہِ خبر بوٗزتھ پیٚیم شہل

لَیِٹ بُجاو

پھچہِ مَرٕ چھبسا

پلَو چھِ سوٗ وِنہٕ باپت دِتی ٕمتی

طوطہٕ کڈی لاٗ جنم

مےٚ چھےٚ کٔھلی پوٚن ئٔج ٕمرٕ

اَتھِ چھِل تہٕ کھےٚ ژوٚٹ

میأنی جورانہٕ کتہِ چھِ

مکانس کرتڑ اون سلیب (Slab)
دروازس دیُت تھاقُلف
سُہ دڑاو
مےٚ ڈُچھ سُہ کوچہ (گلی) ہٕژی نیران
تمِس چھا میونٔد
ژےٚ کوتاہ تنخاہ چھے تران
پتہٕ کیا گوو
یہِ لیٔتر چھنہٕ لکرِ وَسان
سیرِ چھَم مکانہٕ خاطرٕ ضرورت
بتہِ نہِ ستی

مکانس کرپیپہِ لینٹر (Lanter)
دروازس چوڑ تھاجُندرٕ
سُہ گوٚ وؤتھتھ
گُہلہِ کِنہٕ تران وُچھم
تُمس کیاہ کوہڑ چھا
ژٕ کوتاہ تنخاہ پھُٹک ہواِن
اَدِ کیا سپُد
یہِ اَر چھنہٕ (لکڑ) ژٕٹَن
اِنٹہٕ چھَم مکانس خاطرٕ ضرورٔت
بَتہٕ گرش ھہتھ

تحریر: ۱۹۹۷ء



## ۵

# ترال تہٕ اتِکۍ گونماتھ

تحصیل ترالس اُسی بروٗنہہ کالہٕ پرگنہ ''اَلر'' یا ''وۄلر'' ونان۔ تارٟخ حسن جلد اکھ مطابق اُسی اَتھ پرگنس منٛز اکھ ہتھ شیتۄہ گام۔ وۄنی کٔبن چھِ اَتھ تحصیلس منٛز دۄیہٕ شیتھ بند بستی گام [1]۔ وۄلر پرگنہٕ منٛز چھُ صرف وۄنتی پور حلقہ الگ کٔرتھ تحصیل ترال بناونہٕ آمُت [2]۔ یتھ پاٹھی چھُنہٕ پرانِس پرگنس تہٕ وۄنی کٔبن کِس تحصیلس جغرافیایی حدوٗد لحاظٕ کانٛہہ خاص فرق۔ ''وۄلر'' یا ''ترال'' ناون ہُنٛد وجہ چھُ زِ ترال قصبس منٛز چھِ بٔڑۍ ژورناگ:

---

[1] یہ مضموٗن چھُ ۱۹۹۹ عیسویس منٛز تحریر آمت کرنہٕ۔ تَوے چھِ اعداد و شمار تیٚلِکۍ۔

[2] حالے چھِ ترال تہٕ پٔلوامہِ تحصیلکۍ کینٛہہ گام الگ کٔرتھ وۄنتی پوٗرک نوٚو تحصیل قایم آمُت کرنہ۔

دِلہٕ ناگ، برٛزم سَر، کوثجہِ بل تہٕ وُڈ ناگ۔ یِم ناگ چھِ مثلِ جھیل

ولرتہٕ ''ترل'' چھِ سنسکرت پأٹھی رقیق یا (Liquid) ۔کس مفہومس

منٛز ورتاونہٕ یوان۔ باسان چھُ چونکہ قصبہٕ چھُ آبہٕ کہِ دولتہٕ نِشہِ مالا

مال، تو ے چھُ اَتھ ترال ناو پیومُت۔ ترالس چھُ یہِ اعزاز حاصِل

زِ حضرت میر سید علی ہمدانی ؒ تہٕ میر محمد ہمدانی ؒ صأبن بنووِیہِ قصبہٕ

تبلیغِ دینک اکھ اہم مرکز۔ ڈاکٹر زاہد سوگامی مرحوم چھِ راے ظأہر

کران زِ ترال قصببس چھےٚ صرف ڈوگرٕ دورس منٛز اہمیت کم گمٕژ۔

یوسہٕ ۱۹۳۱ عیسوی پتہٕ بییہٕ بحال سپٕز۔ ترال علاقس چھُ یہِ اعزاز

تہِ حاصِل زِ مولوی صدیق اللہ ہی جید عالم چھِ ترال سریہِ ہٕنٛدی

روزن وألی آسی متیٕ۔ مولوی صدیق اللہ صأب چھِ افغان دورس

منٛز شہرِ سرینگر ہجرت کران تہٕ یِہند ہے نسببس ستی چھِ کٔشیرِ ہٕنٛدی

ترٛے بٔڈی واعظ خاندان تعلق تھوان، میر واعظ کلان، میر واعظ

خورد تہٕ مُبارکی خاندان۔ وُہِمہِ صدی منٛز آیہِ کٔشیرِ منٛز ترٛے اہم

سیأسی شخصیژ ترالس باگہ۔ پنڈت کشپ بندھو زایہِ گیرِ یتھ بخشی

دورس منٛز نوٗر پورناو آو کرنہٕ۔ یہِ اوس کٔشیرِ ہنٛد بن بٹہ لیڈرن منٛز

سرٚس ، اُہندسی وٕنَس پیٹھ لاج بٔڑہِ نوٚ دوٗتی ، بیٚیہِ زِ سیاسی رہنما عبدالغنی ترآلی تہٕ علی محمد نا یک زایہِ ترال قصبس منٛز یم مختلف دورَن منٛز ریاستی وزیر مقرر کرنہٕ آے۔

ترال تحصیلن دِتی کاشُر زبٲنؠ عاشق ترآلی ، مہدی گنایی ، حسن شاہ بیدلؔ ، جلال الدین نہارؔ ، اسداللہ کانٹرو ، غالبؔ تہٕ رجب حامدؔ ہی شاعر۔ امہِ علاوٕ گیہِ ترالس منٛز بیٚیہِ تہِ کینٛہہ جان شاعر پٲدٕ ۔ یمن گمنامی باگہِ آیہِ ۔ مثلن ستہٕ رام بٹ، آنند رام، محی الدین حافظؔ بیترِ ۔ موجوٗدٕ دورس منٛز تہِ گری ترالن محمد رمضان عاجزؔ، جوہرؔ قدوسی، محمد سبحان شوقینؔ ، فاروق بخاری ، جوگندر سنگھ شانؔ ، جرنیل سنگھ گلاب تہٕ ٹھاکر سنگھ زخمی ہی شاعر پٲدٕ یم اردو ، کٲشرِ تہٕ پنجٲبؠ پٲٹھؠ لیکھان چھِ ۔ یمو منٛز کرٕ بہٕ اہم شاعرن ہنٛز شاعری تہٕ دستیاب حالاتِ زندگی پیٹھ یتھ مضموٗنس منٛز گاش ترٛاونٕچ کوٗشش۔

## عاشق ترآلی

یمَن اوس ناو عبدالعلی گنایی تہٕ اُسی عربی تہٕ فارسیکی جید عالم۔ عبدالاحد آزاد چھِ "کشمیری زبان اور شاعری" کتابہِ منٛز

یمَن متعلق لیکھان زِ ترال علاقس منز اوسنہٕ یمن برابر کأثہہ فارسی

عألم ۔ بیدلؔ ، ستہ رام بٹ ، خوجہ سبحان ( وٕنتی پور ) اکبر بٹ

(بڈگام ) أسی یمن نِشہ پننس کأشرس کلامس اصلاح کرناوان ۔

مہجورؔن چھےٚ پننی ابتدأیی تعلیم یمہٕ نے نِشہِ حأصِل گرمٕژ ۔ آزاد چھُ

لیکھان زِ مہجورؔ صأبن وٕ ن زِ عاشق گذریو ۱۹۶۳ بکرمی یس منز ۔

یُس ۷ ۔ ۱۹۰۶ عیسوی چھُ بنان ۔ ٮ۪تی چھِ ونان ز عاشقؔ ہندی

نیٚچوی وٕ ن سہٕ گذریو ۲۶ وُہر ۱۳۲۸ھ یس منز ۔ ’’ اوحال نامہٕ ‘‘

مرتبہ چمنؔ تہٕ بشیر اخترؔ ) مطأبق چھُ سہٕ ۶۶ وہر مودمُت تکیا زِ اتھ منز

چھُ اوہند زاسنہٕ ۱۸۴۱ ادنہٕ آمُت ۔

عاشق صأبن چھےٚ نظموتہٕ غزلو علاوٕ کأشرس منز یمہٕ کتابہٕ لیچھِ

مژٕ : مثنوی زہرہ و بہرام ، گلزارِ حسن ، عبرت نامہ ، مثنوی نورٕ و مال ۔

یمَو منز چھِ مثنوی نورٕ مال کأشرس لولہٕ مثنوی ادبس منز پننی مثال

پانے ۔ سوٕ یتھ کنۍ زِ اَمِچ دلیل (Story) چھےٚ مقامی تہٕ یہِ چھنہ گنہ

بیٚیہِ زبأنی پیٹھٕ پھرنہٕ آمٕژ ، افسوس چھ کتھ چھےٚ زِ یہِ کتاب چھنہٕ موٗجود ۔

آزادس تہٕ چھنہٕ امہِ چہ کہأنی تہٕ کینژٕ شعر وعلاوٕ کینٛہہ اتھِ آمُت ۔

## مہدی گنائی

یہ اوس عاشق سُند بوڑ بوے تہٕ ووستاد۔ ناو اوسُس محی الدین عرف مہدی۔ آزاد چھُ لیکھان زِ سُہ سپُد عاشقس برونٹھہ بہہ ؤری فوت۔ تِمو چھےٚ کأشرس منٛز عاشقانہٕ تہٕ صوفیانہٕ غزلہ تہٕ لیچھ ہٕو تہٕ بییہٕ پانژ مثنوی ژٕندر بدن، قصۂ اصحاب کہب، احوالِ قیامت، داستان ریا تہٕ جنگِ خیبر۔ مہدیؔ تہٕ عاشق چھِ دونوے ترالہِ پیٚنٛس آبایی قبرستانس منٛز دفن۔ مہدیؔ سُند زاسنہٕ چھنہٕ کأنسہِ دستیاب سپُد مُت۔ مہدی سٕنٛز مثنوی اعجاز قرآن چھےٚ حالے محمد یوسف ٹینگنس دستیاب سپز ہٕو۔ یتھ متعلق ٹینگ صأبن اکھ مضمون "کأشریک گوڈنیک سیأسی تہٕ صحافتی دستاویز۔ اکھ اہم دریافت، شیرازٕ جلد ۲۲ شمارہس ۴ہس منٛز چھپومُت چھُ۔

## جلال الدین نہارؔ

یِم چھِ ترال قصبہٕ پٮ۪ٹھٕ شےٚ کلومیٹر دوٗر شمالس منٛز نہبر گامس منٛز لگ بھگ ۱۸۶۶ عیسوی منٛز زامٕتی۔ نہبر گامکی آسنہٕ کِنۍ آسکھ لکھ جلہٕ صأبہٕ نہبر ونان۔ امی ہشرٕ کِنۍ آسی تخلص "نہارؔ" ورتاوان۔ زأژ

کِنہٕ أسی پیٛر تہٕ عربی ، فارسی پٕس پٮ۪ٹھ اوسُکھ دسترس حاصل ۔ دپان تنجیم علاوٕ اوسُکھ گرو گرنتھ صأبک سوٚن تہٕ گوٚن مطالعہ ۔ اوحال نامس منٛز چھےٚ پہنٛز زاجاے تہٕ مدفن ترال آمٕژ لیکھنہٕ ییٚلہِ زن پزٕر چھُ یہِ زِ یمِ چھِ نہبر پننس آبایی قبرستانس منٛز زیارت سید شکور دینس ملحق جنوب کہِ طرفہٕ دفن ۔ آزاد چھُ لیکھان زِ یم سپدی ۶۲ وری وأنسہِ منٛز ۱۶ ربیع اول ۷ ۴ ۱۳ ہجری فوت ۔ سُہ چھُ لیکھان زِ تٔمی چھنہٕ کانٛہہ مثنوی لیچھمو ، غزلن ہُنٛد تیداد چھُس بلکل موخصر ۔ امہِ علاوٕ چھِن نعتِ شریف ، منقبت تہٕ ہجو تہٕ لیٚکھی ٕمتۍ ۔ شیرازٕ ٕکس جلد ۲۲ شمارہ ۴ ہس منٛز چھُ غلام نبی آتشؔ لیکھان زِ تمس چھُ پیر غلام نبی ساکن نوگام شانکس امام جامع مسجد پہلو کنٹھارس نشہِ تہنٛد غار مطبوعہ مکمل بیاض حاصل سپُد مُت ۔ سُہ چھُ لیکھان تتھ منٛز چھُ نہٕ کانٛہہ نعت یا ہجو شامل مگر مقامی روایت تہٕ آزادنہِ بیانہِ تلہٕ چھُ نتان زِ حسن شاہ بیدلسؔ تہٕ تٔس أس پانہٕ وأنۍ وژان ۔ تمس متلق ما آسن نہارن ہجو لیٚکھی ٕمتۍ ۔ یتھ حقیقتس تہٕ ہکو نہِ نکار گرتھ زِ تہٕبن شاعرن ہُنٛد وارٕیاہ کلامہٕ چھُ راوِس تل ۔

آتش چھُ لیکھان ممکن چھُ امہِ ہریمانہ کلامہٕ ما آسہِ تسند بن وأرث درن ِنش ۔ پیر جلال الدین صائبس أسی بڑنگ علاقس منز بے شُمار مُرید۔ ہاڈٕ پورُک محمد میر ناوی شخص اوسُس طالبِ خاص۔ سُہ اوس اکثر مجلسن منز تِسی ستی وۄتھان بہان ۔ پیر صائبنہِ رحمت حق گژھنہٕ پتہٕ کینژٕ ی کالہٕ بوزٕ نو وُ محمد میرن ، ہاڈٕ پورُک محمد مقبول وأنی سُہ سورُے کلامہٕ یُس تمی ساری سے وأنسہِ پیرس نِشہِ بوزمُت اوس تہٕ گوبنہٕ خاطرٕ اوس سُہ پیرن یادتہِ کرناوِنومُت ۔ محمد مقبولن تھوٚ ویہِ سورُے کلامہٕ لیکھت أکس بیاضہ منز۔

## حسن شاہ بیدلؔ

یِم سپدی ترالس نکھہِ أری گامہِ أکس سید ( اندرأبی ) خاندانس منز کنو ہمہ صدی منز تولد ۔ یِہندی زُری چھِ ڈُنہِ أتھی گامس منز آباد۔ سبٹھاہ علمی خاندان چھُ ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ تمن أسی نہٕ جلہٕ صائبن رندی پسند تہٕ اکہٕ لٹہٕ وۆ نکھ ۔

پھرٕ ستس چھُ آمُت ریش
وِ چھ تون یہِ جلہٕ درویش

حسن صاب أسی علی گنایی عاشق سندِس مکتبس منز پران تہٕ تم نےٚ اتھ شاعری تہٕ اصلاح کرناوان ۔ تِہُند اکھ وژُن ''ننگے پھیرُن ولایت چھا'' پُرتھ چھ نان زِ تم أسی نقشبندیہ مجددیہ سلسلہ مطابق ''تصوف باشرعکی'' قائیل ۔ أری گامہٕ چھِ اوسوٕ ۔

## آنند رام

یہِ چھُ ترال قصبُک روزن وول اوسُمت ۔ او ہند زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھُ ''اوحال نامس'' منز ۱۸۸۹ عیسوی تہٕ ۱۹۳۹ عیسوی دِنہٕ آمُت ۔ آزادنہٕ تحریرٕ مطابق چھِ تمٕ صوفیانہٕ غزلہٕ تہٕ نعتِ شریف لیکھیٕ متی ۔

## ستہٕ رام بٹ نادم

یہِ تہِ چھُ عاشق ترالی سندبو شاگرد منز اوسُمت ۔ یہِ چھُ خاص ترالُک روزن وول اوسُمت ۔ آزادس چھُ أمی سُند صرف مرن سنہٕ ۱۹۹۲ ب مطابق ۱۹۳۵ عیسوی ننیوٗمُت ۔ یہِ چھُ بڑم چأری اوسُمت ۔ تہٕ چھِن صوفیانہٕ غزلہٕ تہٕ نعت لیکھیٕ متی ۔

ہر گہہ تِھبن شاعرن متعلق آزاد ''کشمیری زبان اور

شاعری'' ناوِ تذکرٕ تحریر کرٕ ہے نہ، درجنہٕ وادشاعر آسہٕ ہن گال کھاتس گٔمتی۔ واریاہن شاعرن ہُند کلامہٕ چھوپ'' غلام محمد نور محمد تاجران کتب'' ناوِکی اِدارن مگر وونی چھُ سُہ تہِ نایاب تہٕ کیٚنٛہہ وُری پتہٕ آسہِ صرف تِتھین شاعرن ہُند تذکرے یوت تہٕ کلام نہٕ کیٚنٛہہ۔ کلچرل اکادمی یُس کلامہٕ چھوپ سُے یۄت چھُ لایبریری ین منٛز محفوظ۔ ضرورۍ رت چھےٚ پریتھ لوکٕس بٔڈس شاعرِ سُند کلامہٕ رٲژھراوٕنک یِیہِ سنٛز کرنہٕ۔

## اسداللہ کانٹر غالبؔ

یہِ زاو ترال قصبہِ کِس اُکس خوجہٕ گرس منٛز، ۱۹۱۶ عیسویس منٛز۔ تٔمی پۄر حنفیہ سکول اسلام آبادس منٛز تہٕ گٔرنی کیٚنٛہوس کالس دُکاندٲری۔ سُہ رۆد خانقاہ عٲلی ترال چہ منیجمنٹ کمیٹی ہُند سرگرم رُکن۔ سُہ اوس اکھ توٚت عاشقِ حقیقی تہٕ کٔژ یرس ووٚٹھ لایتھ سپُدُس ۱۹۵۲ عیسوی ہس منٛز وصلِ معشوق۔ ''ترال'' میگزین ۱۹۸۰ مطابق چھُ سُہ امہِ وِزِ ژتجی وہر اوسمُت تہٕ صحیح تٲریخ چھُ ۲۳ فروری ۱۹۵۳ عیسوی۔ اوہند کلامہٕ یُس تٔمی زندگی ہنٛدین اٰخری پانٛژن

ۆرِ ین منز وونمُت اوس کۆر مقامی بک سیلر غلام رسولن ژوہن لوکٹین لوکٹین کتابچن منز چھاپ ۔ ۱۹۷۷ عیسوی ہَس منز ییلہِ مرحوم زاہدسوگامی ترال ہایر سیکنڈری سکولس منز تعینات سپد تمی کرِ یِم کتابچہ جمع تہٕ اکھ کلیات بناونک کۆرُن سٕنز ۔ تہنز جوانمرگی کِنۍ واتہٕ ناوِیہ کأم جوگندر سنگھ شائنن پایہِ تکمیلس ۔ یِتھہِ پأٹھی ووت غالب ترألی سُنٛد کلامہٕ سأری ہے کٔشیرِ تہٕ یہِ سپُد محفوظ۔

## رجب حأمد

حالے حیات صوفی شأعرن منز چھُ حأمد صاب مشہور تہٕ مقبول ۔ یِم چھِ ۱۹۱۷ عیسوی لیس منز سۆترِ زامتۍ ۔ گوڈنیک مُرشد اوسکھ غفار صأب تانترے (مڈورہ) ۔ یِہنز ز بیاضہٕ بیاض صوفی حصہ ۱ تہٕ ۲ چھےٚ واریاہ کال بروٚنہہ بازر درٛامژ ۔ "اوحال نامس" منز چھُ یِہنٛد ذکر کرنہٕ آمُت ۔ مگر تمن چھُ یِہنٛد تخلص لیکھنٕے مُشتھ گومُت ۔ از کل چھُ یِہنٛد یہِ بأتھ جۆمہِ پیٹھ یور تام مقبولِ عام بنیومُت

افسوس دُنیا کأنسہِ نو لۆگ سمسار ستی

## محی الدین حافظ

یم اُسی میڈر رکبو ساداتو منز۔ لوکٹہ پانہٕ پیٹھ اُسی نابیناتہٕ کلام اللہ اوسکھ حفظ، دینی تعلیم پرٕناوٕنی اوسکھ پیشہ۔ یِہُند صوفیانہٕ کلام چھُ یِہندِ اکہ مریدن ''غزلیات حافظ'' ناوٕ کس کتابچس منز شایع کوٚرمُت یتھ ۳۲ صفحہٕ چھِ۔ یم گُذریہٕ یکم جنوری ۱۹۸۷ عیسوی کہِ دوہ ۷۲ وٕری شہِ وٲنسہِ منز۔ یم چھِ بابا یوسف جلالی ؒ سُندِس استانس ستی ملحقہ قبرِستانس منز دفن۔

## محمد سبحان شوقینؔ

ہم کال نوجوان شاعرن منز چھُ شوقینؔ ممتاز مقام تھوان۔ شوقینؔ چھُ سہ خوش نصیب شاعر یُس پننہِ مزاحیہ شاعری کنی ارده کنوٕ ۵ وٕری شہِ وٲنسہِ منز ےکُل کٔشیرِ منز مشہور سپد۔ ۱۹۷۵۔۷۸ عیسوی منز سِپدی اَہندی مزاحیہ گیت ''چھُس بہٕ میٹرک پاس ہسا''، ''لمبے لمبے ہپیوں کے بال دیکھو''، ''گوٚو بدلے سرمایہ دارن ظون''، ''ہتے خاندارنی اوتم گیوٚر'' بیترِ یووانی تہٕ جنزل سروس (ریڈیو کشمیر سری نگر) پیٹھ متعارف۔ یم وننیک تام لُکن منز مقبول

چھِ ۔ ووُنی چھُ شوقینن سنجید شاعری کران ۔ کینٛہہ وٕری برونٛہہ گوٚو

اوٚہندا اکھ گوٚن کیسبٹ ''قالہٕ باب کوٚر'' مسبٹھاہ مشہوٗر تہٕ مقبول ۔
شوقین چھُ لگ بھگ ۱۹۵۷ عیسوی منٛز نور پور گامس منٛز اٚکِس

متوسط گرس منٛز زامُت ۔ سُہ چھُ کاشرس منٛز ایم اے تہٕ وٕنکیٚن چھُ
محکمہ تعلیمس منٛز بحیثیت استاد کاٗم کران ۔

موجوٗدٕ دورس منٛز یِم باقی شاعر ترالن پاٹھٕ گری تِمن منٛز چھِ ناو

ہینٛس لایق : محمد رمضان عاجز ، ( وفات ۱۹۹۹ ء اردُو پاٹھی ) ۔
جوگندر سنگھ شانٔ ( پنجاًبی تہٕ کاشُری پاٹھی ) جرنیل سنگھ گلاب

( پنجاًبی پاٹھی ) غلام محمد شاہ اطہر ( کاشر پاٹھی ) ڈاکٹر جوہر قدوسی
( اردُو پاٹھی ) فاروق بخاری ( اردُو تہٕ کاشر پاٹھی ) ۔ یوٚژھ ہے
خدا ین یِمن ہنٛز تفصیلہ سان ذکر کروٗ آیندہ کنہ ساعتہ ۔

تحریر: ۱۹۹۹ء



(۶)

# فوک لور تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ کلچر

فورک لور (Fork Lore) چھُ کُنہِ تہٕ قومہٕ کِہ کلچر، توٲریخ، ریوایژ، ذہانت، زیرکی، سوچن تژ ایہِ علاوٕ تمہِ کِہ ماحولک اَنہ ہاوُک۔ کانٛہہ تہٕ قوم تہٕ تمچ زبان یتھ ماحولس منٛز ارتقا پذیر سپدِ تمیک عکس چھُ فوک لورس منٛز دراینٹھی گژھن قودرتی کتھاہ۔ کأشر قوم تہٕ کأشر زبان چھِ تتھ کشیرِ منٛز پژ تھٔیمتی، یتھ متعلق ''توزک جہانگیری'' منٛز یتھ کنہٕ باوتھ چھےٚ آمژ کرنہٕ:

''............کٔشیر چھےٚ اکھ ہمیش بہار باغ یُس شاہی محل خاطرٕ اکھ شستر وقلہٕ تہٕ درویش ہنٛدِ باپت پوشہ بۆرُت دلفریب میراث چھُ۔ امکی مأری مٔنٛدی مرغزار، دلکش ناگ، گرٛزن رۄس فمواری چھ تعریفن لایق۔ ییٚتہٕ چھِ گرٛزن روستے آرٕ تہٕ آبشار۔ یپأری نظر تراوَو تیپأری چھِ سبزٕ زارے سبزٕ زار۔ پوشی پوش، ووزلی

گولاب، ئُنہٕ پوش، یمبر زلہٕ چھِ وُسنۍ لۍتۍ متۍ ۔ مأدانن منز چھِ وکھرٕ وکھرٕ پوشہٕ ذأژ تہٕ مشکہٕ دار کچھِ ذأژ بوزنہ یوان ۔ روحس تراوتھ بخشن وألس سونتھ کالس منز چھِ بال تہٕ پاءتھلی پوشوٕ ستۍ النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان تہٕ یتھِ کنہ چھِ برنہٕ، لبہ تہٕ آنگن لالہٕ زار بنان"۔

ییٚلہِ یتھس ماحولس منز کأشرٕ ہن ہیٚو ذہین تہٕ مشأہدٕ کرن وول قوم ساسہٕ واد ؤری یوٚ پیٹھٕ روزان آمُت چھُ، تتہٕ چھِ ییٚتہِ کیٚن فصلن، سبزی ین، میوٕن، پوشن، گاسہٕ تہٕ کچھِ ذأژن ہُند ناو تہٕ خأصیژ اکہ نتہ بیٚیہ رنگی فوک لورس منز درینٹھی گژھنۍ قودرتی کتھ۔ یوٚ دوے أسی پیٹھی پیٹھی نظر تراوواسہ چھِ کأژ ہن جاین، گامن تہٕ کھہن ہندی ناو تم لبنہٕ یوان، یم کنہ نتہ کنہ کلس کٔٹس ستۍ منسوب چھِ، مثالہ پأٹھی نی تویم:

ألی چہٕ باغ، بادام باغ، بادام وأر، پھربستہٕ بل، ٹُلہٕ باغ، ٹُلہ مل، توملہٕ ہال، تیل بل، ٹنگہٕ ڈار، ٹنگہ باغ، ٹنگہ مرگ، ڈوٗنی گنڈ، ڈوٗنی کلی نار، ژوٗنٹھی وور، ژوٗنٹھی مُل، ژیرٕ ہار، ژیرٕ گام، ژیرٕ ٹینگ، شول پور، گلمرگ، گولاب باغ، گوگجہ باغ، گوگجہ پتھر۔

مُجہ گنڈ، مُسرٕ ڈور، مونگہ ہوم، وٕرِ وار، ہنٛد ور، ہاکہٕ بار، یارِ پور،
بیترِ۔ ریاسؠ ہنٛد بن باقی ضلعن منٛز یا برصغیر ہندو پاکس منٛز چھنہ یُتھ
پأٹھؠ یہ صورتحال۔ ''گولاب گڈھ'' چھُ تحصیل مہورس منٛز اکھ گام
یُس گولاب سنگھنس ناوس سٟتی منسوب چھُ تہٕ بیٛیہ چھےٚ میٛیہ اکھ
جاے وُچھمٕژ اجمیرس نکھہٕ ''گولاب باڑی'' ییٚتہ گولاب وہ پدان
چھِ۔
کٲشیرِ ہندبن کلین کٹھن ہنٛدٕ ی ناو چھ فوک لور چن الہٕ پلہٕ
ساری نےٚ وٕنتی ذٲژن منٛز اُڈراونہٕ آمتی۔ اِدیم لکہٕ دلیلہٕ Folk
(tales أسی تن یا لکہٕ بأتھ (Folk Songs)، منٛزٕ لی بأتھ أسی تن یا
شرٕی بأتھ (Rhymes)، پر بژھ أسی تن یا دٕ پتی، محاورٕ أسی تن یا
تلمیح، لڈی شاہ أسی تن یا ونہٕ وُن، ہکی چہ بأتھ أسی تن یا روٚ و
(روٚ ف)۔
سأنی بدقسمتی چھےٚ زِ پرأنی ونہٕ ون ہُری تہٕ لڈی شاہ تھٲوِ نہٕ
اسہٕ رٕژھرتھ۔ پرأنی ونہٕ ون ہُری چھِ ووٕنی زنانن ہنٛدِ یاداوٚ ترِ منٛز
تہٕ نٕہناونہٕ آمتی تکیا زِ نوٚ پےٚ چھےٚ نوٚ ی ہُری گنڈان تہٕ ونوان یمن منٛز بے

ربط پاٹھی انگریزی لفظ تتھ کنہٕ پرونہٕ چھِ یوان زِباسان چھُ گوگجہ آرس تہٕ پوشہ مالہِ چھےٚ گیڈ کرنہٕ آمژ۔ کیٛنژہہ پرأنی ہٕری یم ازتہٕ پھِرنہٕ چھِ یوان تمن منز چھےٚ ییٚتہٕ کینہٕ گُلنن کٹنن ہندبن ناون ہنز مشرن بڈ حسین پیرالیس منز کرنہٕ آمژ۔ وُچھتو کھ یم کیٛنژہہ ونہٕ ون ہُری:

(۱) زُوٗن کھُوٗ مے، لوٗ پیٚنہٕ مے ببرے
وسہٕ زُونے بے گستن خبرے
بأے واجتبن بأے یوان خبرے
یَس نہ آسان سو چھےٚ نیران نظرے

(باسان چھُ یہ ونہٕ وُن چھُ ڈوٗگرٕ دورس منز گنڈنہٕ آمُت ییٚلہ کاشُر بن ببگارِنوان اُسی)

(۲) روشہِ وولو میانہِ دلبرو
پوشن بہار آو یوٗری وولو
ژیٖرٕ پھُلیاہ کیا چھےٚ جان
ہرُد والان دردِسان
بوزِ باغوان مارِ پان

پوشن بہار آو یۄری وولو

(اتھ منز چھ ژیرٕ پھلیاہ، ٹنگہٕ پھلیاہ، ژۄنٹھی پھلیاہ، بیترِ وارِوارِ ونہٕ یوان)

(۳) لالو لالو گلِ آفتابو

کۄر چھے منگان کمخابو

(۴) ہارِ ہنز موج گیٔ مأربل آبس

ہأر گیٔ گلِ آفتابس ستی

یِتہِ مێن دۄن ونہٕ ون ہرن منز چھ گل آفتاب (یتھ ہندوستانی پأٹھی "سورج مُکھی" ونان چھِ) ناوکہ پوشک ذکر کرنہٕ آمُت۔ لفظ "گل آفتاب" چھ فارسی زبأنی پٮ۪ٹھہٕ کأشرس منز تتھے کنہٕ آمُت یتھ کنہٕ باقی فارسی لفظ آمتی چھِ۔ یم ونہٕ ون ہُری ہکو کھنہ أسی ژۄداہمہ صدی برونٹھم مأنتھ۔ امہ پرأنی نمونہٕ ہکن بٹن ہنٛدی "ہینز ے" ہُری أستھ۔

رأقم سِنٛدٕ گامہٕ ترٛال میٛڈ رِچھے ریت زِمہراز چھ بابا یوسف جلالیؒ سندس آستانس پٮ۪ٹھ حأضری دنہٕ تہٕ فاتح پرنہٕ خأطرنہٕ

یوان۔ اتھ دوران چھےٚ زنانہٕ آستانہٕ نِشہ جریف جوراہ دۄ رٹھہرِ تھ
یم زٕہُری ضرورونان:

بابے یوسفو ژونگ تھٔو تارس

سون مہرازٕ آو دیدارس

تہٕ

بابے یُوٗسفنٕز أندرِم بونے

نیٚبرِم جاناوار ہاے آے

اندرم بونہِ نِشہ چھُ مراد سو بونی یُس آستانس نکھٕ کمپاؤند والس اندر چھےٚ۔ یہ آسہ الہٕ پلہٕ ژور پانژ ہتھ ؤرِش۔ امِہ لکھٕ چھُ یہ ہُرسبٹھاہ پرٛ ژون۔

کیٚنژن شُری بأتن منٛز تہِ چھِ کلبن کٹبن ہندی ناو نظرِ گژھان۔ وُچھتو کھ یم زِ پرأنی مقبولِ عام شُری بأتھ۔

(۱) بِشتہٕ بِشتہٕ بیاریو کھوٚت کھوٚن

تورٕ کیاہ وولتھ؟ ببرے پٔن

سُہ کمن ترووتھ؟ کوترن

کوتر پیٹھی مارکن زوٗن پھے گنداں تارکن

(اتھ منز چھ ببر ہند ناوہنہ آمت)

(۲) گرز بٹہ پہہ دی تو — ییتہ چھنہٕ کانٛہہ

تم کوٗت گأمتھی — نونس تہٕ تیلس

بڈ نوش کتہ چھک — گُچھ پٹھ پیامژ

تس کیاہ زامُت — نیچوی پلاہ

ناو کیاہ کوٗر ہوس — حبیب اللہ

سئین کیاہ روٗنہٕ ہوس — سوژل تہٕ ہاکھ

گٕھنزِ وارِ — گلہِ ہنزِ وار

ژگل ماما رِ — روپے دارِ

یہ شُری بأتھ چھُ سانہِ پتھ کالچ تصویرکشی کران۔ییلہِ غربت موجب لُکھ دوہ دِشکی چیز پہہ أسی منگان یانوٗنہٕ تہٕ تیلہ خأطر سرگردان أسی روزان تہٕ لوسن مقوی غذا کھیاونہٕ بجاے سوژل تہٕ ہاکھ کھیاونس پٹھ مجبور أسی۔ ویسے چھےٚ وُنہ تہِ کینژن پتھ کھورِ علاقن منز لوسن ہندتہٕ لیدٕ رِکھیاونچ ریت تکیا زِ یمن اندر چھےٚ کینٛہہ

ترٛتھ دوائی خاصیت ییمہٕ کنی یمہٕ لوسن خاطر مفیٖد چھےٚ۔

بیا کھ شُری باتھ چھُ سبٹھے مقبول عام یُس یوتاہ پرٛون چھُ زِ امکی لفظ چھنہ موجود کانٛسہٕ سِتی رلان۔ شاید ما آسہٕ یہ پرٛاکرت یا اپ بھرنش دُورُک یا ما چھِ اَمکی لفظ مسخ سپدی متی۔

اوٗ گُس بوٗ گُس تلہٕ وانی ژوٗ گُس

رامارا جس گرا پیایہ

گُر کھیٛیہ بنگے

لو بر چنگے

کینٛہہ زانن والی چھِ ونان زِ یہ گرٛھ چھِ "ہُہ گُس؟ بہٕ گُس؟ تیٚلہ ون ژٕ کس؟؟" آسن۔ کینٛہہ صوٗفی مزاجکی لُکھ چھِ ونان زِ اتھ منٛز چھُ "ادیُت واد" یا "ہمہ اوست" فلسفہ مضمر۔ خٲر کُلو کٹھہٕ منٛزٕ چھُ اتھ منٛز "بنگہ" کلیٚک ناو آمُت۔

لُکہٕ دٲلیلن (Folk tales) منٛزٕ تہٕ چھِ پنگہ، الہٕ، مونگ، سُندِ ج (تلہٕ گوگل) مرٛژ وانگن، بوٗنی، کونگ بیترِ ہوی گُلبن کٹبن ہنٛدی ناو درٛینٹھی گژھان "کِلی ژوٗر" دلیلہِ منٛز چھُ ونن وول وستاد

ونان زِ اکھ پاشاہ دڑاوا کِہ دوہہ اکہ پنگہٕ ڈار کنی۔ اتہ اُس زمیندار سنٛز کوٚر ژٕرِ راٗچھ کران۔ پاشاہن پرٛژھ اُمس "پنگہٕ" کورِ "ژٕ کٔہنز (کور) چھکھ؟" تمہ ووٚنس "تیمی سُنٛد یہ پنگہ ڈار چھُ"۔ پاشاہن پرٛژھس بیٚیہ "یہ پنگہ ڈار کٔمی سُند چھُ؟" تمِہ وونس درجواب "تیمی سنٛز بہٕ چھس"۔ اتھ گوستاخہٕ شوخی پیٹھ کھٔژ پاشاہس ژکھ تہٕ کوٚرن قصد زِیہ کوٚر کرن بہٕ نیتھر تہٕ تمہ پتہ تراون ستی دوٚہی۔ چنانچہ پاشاہن کوٚرتی۔ پنگہ کورِ چھُ پاشاہ سُنٛد نیٚچو ڈمب لگان تہٕ یوٚہے چھُ اَزی چُن ہندوستانی فلمن ہندی پاٗٹھی بوٚڈ واتتھ ماٗلس ستاوان تہٕ رِکلی ژوٚر ناوٕ ستی مشہور یا بدنام سپدان (پوٚرِ دلیل کرنہ بہٕ تحریر)۔ امہ دلیلہِ نشہ چھُ یہ ننان زِ کٔشیرِ منٛز اٗسی پتھ کالہِ کُنہ کُنہ لکھ پنگہ وو پداوان تہٕ انٛزلِہ (اناجہ) رٕنگی استعمال کران۔ ازکل چھنہ کٔشیرِ ہنٛز وادی منٛز پنگہٕ کانٛسہ ویٚز البتہ چھِ پنگہ تہٕ شول ڈوڈہ ضلعہ کِہن خوشک علاقن منٛز ازکاٗلی تہِ ووپدوانہ تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ تتھے پاٗٹھی چھےٚ بیا کھ لکہ دلیل "الہ بُجہٕ" ہنٛز۔ دپان اَکس گامس منٛز گیٔہ اکھِ جنہٕ جماتھ بتہٕ منگنہ۔ گوڈ

گیہ تم تِلہٕ وانہٕ ہُنٛد۔ تِمو کوٚرُکھ جواب۔ پتہٕ گےٚ أکِس بُجہ ہُنٛد۔ بُجہٕ اوس نہٕ گرس منٛز اکہِ اِلہٕ ورأے ہیٚکھینۍ۔ تِمہٕ دِژ ٔنکھ سوے اَل کھینٛۍ۔ دپان جِنو وأج اکھ شنہٕ مأنۍ تہٕ دِژکھ گامس کُن دأرِتھ۔ تم أسۍ شنہٕ مأنۍ والان وِنان۔

''ہلہٕ کرِجس کر۔ اِلہٕ بُجہٕ أنٛدی کر۔ تِلہٕ وأنۍ گرِ پیٚٹھی کر''۔

امہِ دلیلہِ تل تہٕ چھُ ننان زِ آپیہ کالس منٛز چھِ لُکھہٕ تہٕ کنہٕ اِلہٕ بیترِ کھیتھ دوہ کڈان أسۍ ہٕتۍ۔ یِ نتیجہ ہیکو اِلہٕ شہر دلیلہِ نِش اخذ کٔرِتھ۔

بیٚین لکہِ دلیلن منٛز تہٕ چھِ کٔشیرِ ہنٛد بن کُلبن کٹھن ہنٛدی ناو نظرِ گژھان۔ مثلن : رازِ ہونٛزتہٕ کُکِل دلیلہِ منٛز چھےٚ کُکِل رازِ ہونٛزس وِنان یوٚ دوَے ژِ میہ سونٛتھ کالہِ ژھانٛڈکھ بہٕ آسے فلأنۍ جایہٕ سٔنٛدجہِ پھلَے چھاوان تہٕ ہرِدِ کالہِ آسے بہٕ پانٛپری وُڑِر پیٹھ کونگہٕ پوش چھاوان۔ ''شال تہٕ روسی گٹ'' دلیلہ منٛز چھےٚ روٗسی گٹ مونگہٕ ڈلس پھران۔ یژھِ ہِشہٕ دلیلہٕ چھےٚ اسہِ ییٚتہِ وو پدن واجتبن گُلی ذأژن ہُنٛد پَے دِوان تہٕ سانہِ پتھ کالُک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ

تأریخی پہلو گاشراوان۔

وونی کروأسی محاورن تہٕ ڈِپی تبن کُن تہِ اکھ نظر۔اتھ ضمنس منز چھُم عرض زِ اگر أسی یمن باقی زبانن ہندبن محاورن تہٕ مقولن ستی مقابلہِ کرو، اسہِ یِن کأشرس منز تِتھی محاورٕ تہٕ ڈٕپتی یسلہٕ پأٹھی نظرِ یمن منز کلبن کٹبن ہند ناوہٕینہِ یوان چھِ۔یِلہِ زن باقی وبزن زبانن اندر یِتھی محاورٕ تہٕ ڈٕپتی آٹہِ نٕو ناہ در یِنٹھی گوٗھان چھِ۔ ہندوستأنی (اردُو تہٕ ہندی) پأٹھی چھُ محاورٕ" آم کے آم گُٹھلیوں کے دام" امہِ لرِلوٗر چھُ اسہ نشہِ محاورٕ "مُجہ مُلی"۔گویا مُجہ چھے بیٚتہٕ بروٚنہہ کأمی سولبہ تہٕ سروجہ آسہِ ہٕژ۔یِتھے پأٹھی چھُ اردُو/ ہندی یس منز ترٛ ے محاورٕ" دال نہ گلنا"،" تِلوں میں تیل نہ ہونا"،" مرچی لگنا"، یا چھِ تِمن نشہِ بوٚ ڈ بڈیم مقولہ" خربوزے کو دیکھ کرخربوزہ رنگ پکڑتا ہے"۔یتھ أسی ونان چھِ" ژوٗنٹھ وُچھتھ چھُ ژوٗنٹھ رنگ رٹان"۔کأشرس بر خلاف چھنہِ اردُو، پنجأبی ، ڈوگری، پہاڑی، گوجری، انگریزی یا فارسی پأٹھی تیتی مقولہٕ تہٕ محاورٕ یمن اندر پوشن ،موٚن ،سبزی ین یا باقی گُلبن کٹبن ہندی ناو آڈراونہٕ چھِ

آءمتۍ۔ کتھ چھنہٕ یہِ زِ تمن علاقن منز یمن منز یمہٕ زبانہٕ بولنہٕ چھےٚ یِوان، چھنہٕ رنگہٕ رنگہٕ ترکارِ، میوٚ اناج تہٕ باقی گُلۍ کُٹ وۄپدان۔ اتھ ہیکن واریاہ وجوہات آستھ مگر میأنۍ ذأتی راے چھےٚ زِ کأشری چھِ ذہین تہٕ مشاہدٕ کرن وألۍ تہٕ یمن چھُ جمالیاتی حِس زیادٕ۔ تَوے چھُ یموفوک لورس منز اکھ باٹنکل گارڈن (Botanical Garden) سجأوتھ کأشر زبأنۍ ہنٛد دامانہٕ مال مال کوٚرمُت۔ وُچھتو یمٕ ڈۄپتۍ تہٕ محاورٕ یمن منز کشیرِ منز وۄپدن واجنٛن اناجہ ذأژن، سبزی ین، پوشن، گاسہ تہٕ کِچھ ذأژن ہنٛدِ علاوٕ دالن تہٕ میوٚن ہنٛد ناو آمُت چھُ۔

**ڈۄپتۍ:**

الن ہنٛدِ دوٕ یہِ خأرٕ وانگنن سٕتۍ

أنم سوے، ووم سوے لُجم سوے پانسے

وچھس ہے قُلف آسہِ، چھس انہِ کُچھکی پاٹھی موٗل پژ آٹتھ

ژرِ چھُ گٔنڈی تھرِ پیٹھے آرام

پیر صأب! گُرنہٕ کھیوان پیٚڑ، ییٚلہِ پور بس تیٚلہِ کھیٚیہِ میٚژ

پیر صأب! گُرنہِ کھیوان زب، ییٚلہِ پور بس تیٚلہِ کھیٚیہِ رَب

مُٹھ کھوٗانے چھاگاوپڑ بسان

پھل پھریستہِ گڑیستہِ، گاسۂ تلے پرڑ نووکھ

وأنجہ دأ دِس رٔہنۂ ژیوٹھ

اکھاہ گوٗ مُت ہرِ، ویرِ منگان ٹنگ

پِتر چھےٗ مِرڑ ری کوٗنڈ، اژنۂ ورأ ے پڑی نۂ،

پِترِ نی چھے مرڑ پھنی نژنۂ ورأ ے پڑی نۂ۔

لٲرگمو کھیٚے؟ پڑ دیو، میٚہ دوٗپ پنۂ نوٗ ماکھیٚے

بتۂ ننۂ بتاس وچہ ننۂ لواس

مُتِس زِ یرِ بتۂ پچی

پھر بستہ! زیٹھو کھ کیازِ، پننِہ سبز ر

منٹہ خار چھےٚ بو وانۓ

ون چن یار بن خدایہِ سُنڈ سۂگ

مُٹھی پھوٗل چھُ ستو بارنو بأ گرِتھ کھیٚوٗ مُت

خر کیاہ زانہِ زعفران کیاہ گو

یُس لوٗ ہتھ تھِو سہ تہِ تیٚتھے، یُس لوٗ ہتھ زالہِ سہ تہِ تیٚتھے

سٗنٛد جن دِوان زائلی، ہٕنٛدِ وٕنٛد گرٛھان اتھٕ

ہوٗنؠ وِشکہ: یوری نہٕ ووان توٗری بووان

آوتہٕ پیرٕ گوتہٕ گاسوٗ

یہٕ پرٛ ون گیُن کرِتہٕ کرِنہٕ نوٚ وگاسہٕ

کھنہٕ بلہٕ کھیٚیہٕ ووٹن کپس، کھادن یارٕ دیٖتھک دوٗن پھہٕ

سرٕ نٛڈن ہنٛزی لڑآے، زرٕنٛڈن ہنٛز شامت

**محاورٕ:**

ٹنگہٕ ہچن رس پیٚوٚن

مُٹھی پھٕلس کٕنتھ اتُن

پٕنُن کچل بہہ ترٛوٚک کرُن

کرٛوتھ گرٛھن یا کرٛوتھ کرُن

رَبہِ کھوڈٕس پھوٗلن پمپوش

مُجہِ کھٕتھ سرد گرٛھن

أرِش لاگٕنؠ

پانہٕ وانگنَس سُمب، یڈٕ آنگنس سُمب

کاٚنسہِ ہندس ہاکس پاک دِنچ ضروٗرت نہ آسنی

یارِ زآے بیارِ پوٗتی وُنن

مٹھبس شمن مَنن نہٕ وُسن

## تلمیح

خوٗ جس ءستی مُجہِ باج وٹھ

بُجہِ ہُند کوٗب گُل

یێتہِ اُسی یم تشبیہ چھِ ورتاوان زِ سفید شین ہیوٗ، توٗت رٕہسر ہیوٗ، ژُرن یخ ہیوٗ کرٛہن کال ہیوٗ، تتی چھےٚ اُسی ''زرَد کونگ ہیوٗ'' تہِ ورتاوان۔

''الہٕ کُلِس ٹُلہ گُل لاگتھ تھون''، تہٕ ''بتہٕ بتہٕ پیاد پتہ'' چھِ ڈوگرٕ دورٕکی پاداوار۔ ڈوگرٕ دورس منز آیہِ ٹُلہ کُلی ژٹنس پیٹھ سخت قونوٗن بناوِتھ پابندی لگاونہٕ ۔ چنانچہ ''مالیہ ایکٹ' (Land Revenne Act) مجریہ 1939ء مرتب کرن وِزِتہِ آویہِ ''محفوظ گُل'' (Reserved Tree) قرار دِنہٕ، یتھٕ پاٹھی امہِ کِس دفعہ 37 ہس منز نظرِ گژھان چھُ ۔ اتھ دورس منز اُسی سرکاری اہلکار ٹُلہٕ موریا ٹُلہٕ پن ٹُلبن ہُند ہتھ رٹِتھ لُکن ہراساں تہٕ پریشان

کران۔ تۄہ ے آو یہِ محاورِ وۄ جودس منز" الہِ کُلِس ٹُلہٕ کُل لأ گِتھ تھۄن"۔ پروفیسر محی الدین حاجنؠ ہِنٛدس" گرٕسی سُنٛد گرٕ" ڈرامہس منز چھےٚ یہےٚ صورت حال وۄ تلاوِنہٕ آمٕژ۔

تِتھے پأٹھۍ ییٚلہٕ وِہرۍ وٲرۍ یَس جکھتھ ڈۄگرٕ سرکارٕ کۍ اہلکار داں موٗٹھ تہٕ پُلہ ہار بن یا گبگرٕ منز ہِنہٕ أسی نہ دِوان، تہٕ تیٚلی ژۄل کأشرِس بے وایہ نیرتھ۔" بتہٕ بتہٕ تہٕ پیادٕ پتہٕ"۔

ؤہ مہِ صدی منز گے کشیرِ منز کینٛہہ سیأسی نعرٕ شہرٕ گام مقبوٗل یمن منز دۄن مشہور نعرن منز گُلین گٹبن ہنٛدی ناوتہٕ ابساونہٕ آیہِ" الہِ کرٕ وانگن کرٕ بب کرٕ لولو" تہٕ" پنہٕ وٕتھرن کیاہ لیکھِتھ ؟ شیرِ کشمیر"۔

یۄ تام کینٛژن ریژن تہٕ روایژن ہُنٛد تعلق چھُ، یمن منز تہِ چھُ کینٛژن گُلین کٹن ہُنٛد تِتھے رشتہٕ ییٚتھ نُمک تہٕ مازُک رشتہٕ چھُ۔ مثلن: بٹن ہٕنٛز ہیرت چھےٚ ڈۄنی تہٕ وارِ مُتھِ ورأ ے اڈٕ لیچ۔ وازٕ وان چھُ میٚتھِ ماز، مٕژرِ وانگن قورمہٕ تہٕ مَولہِ ہنٛدِ رنگہٕ ورأ ے بے رنگ۔ بٹہٕ چھِ شوسنٕز پۄزایہِ منز وہنہٕ، گولاب، پمپوش، مَولہٕ علاوٕ

ببل (یُس نہٕ کٲشِرِ منٛز وۄپدان چھُ) ورتاوان۔ یتھٕ پأٹھی ییمہ لیلایہِ ہنٛدِ ہُرِ تل ننان چھُ:۔

ببل تہٕ ماوَل، وبنہ، گولاب، پمپوش دستے
پوٗزایہِ لاگس پرمہٕ شِوٗس، شِونا تھس تے

فوک لورتہٕ کٲشِرِ ہنٛد بن گُلبن گٹبن ہنٛد رشتہٕ یوٗتاہ وبناونہٕ یِیہِ تیوٗتُے چھ کم۔ فوک لوٗرک کُس پہلو چھُ یتھ منٛز گُلبن گٹبن ہُنٛد واٹھ نظرِ چھُنہٕ گژھان حتاکہ لُکہٕ ربوایژن منٛز تہِ چھُ گُلبن گٹبن ہُنٛد ذکر درٲنٹھی گژھان۔ اکھ لُکہٕ ربوایت چھےٚ زِ اکھ وقت واتہِ لۆکھ لاگن وانگن گُلبن ہیر۔ بیاکھ ربوایت چھےٚ زِ بۆمبُر چھُ یمبر زلہ پیٹھ عاشق۔ چنانچہ کاشرس منٛز چھِ درجن واد تِتھی شعر یمن منٛز بۆمبُر تہٕ یمبر زلہ ہنٛدِ عشقُک ذکر چھُ

ے تمنا چانہِ دیدارُک مےٚ چھُم یمبر زلے بۆمبرو
پھوٚجِس یامت لجس وچھنے گجس چانے شرے بۆمبرو

اکھُتے چھُ ہکچہِ بأتس منٛز تہِ یمبر زلہٕ ہُنٛد ناوِ یوان

یم پوش لاگے بُرقہ تلی
وولے یمبرزلی یے

نپتو ووٕنی ندُر، یَم ٹانٹھ دار ییرِ وال ہی امہِ منز نیران چھِ تمن متعلق چھےٚ لکہٕ رٕوایت زِلل ڈیڈِ اوس یتھے زاٚوُیل ییر کوٚتمُت۔ ہَشہِ کڈِس ءکٹھ تہٕ ووٚنس یہِ چھےٚ ویوٚٹھ۔ اِدلوے سُہ ییرِ ڈیوٚنگ للہِ ڈلَس تمہِ منز کھتی ندری یموٚمنز زاٚولی وال دراٚے، یَم للہِ ہٕنڈِ زاٚولہِ ییرِ چ یادتازٕ کران چھِ۔ گوکہ سائنسی یا تاٚریخی کھو چہ پتھ چھنہِ یہِ کتھ کھرٕ ثابت سپدان مگر چھےٚ تہٕ لُکہٕ رٕوایت۔ اکھ ثبقہ رٕوایت چھےٚ شیخ العالمؒ تہٕ بُمہٕ ساد (بابا بام دین) صاٚبن ہٕنڈس ولادتس متلق "ہیہ گوٚنڈ تہٕ اُری نہٕ گنڈِ چ"۔ گویا اتھ منز تہٕ چھےٚ دون پوشہِ ذاٚ ژن ہُنڈ ناو آمُت۔ ژینتہٕ گُج تہِ ہبکہٕ ہون، اُسی فوک لورس ءستی گنڈِتھ۔ اتھ متعلق چھُ محمد یوسف ٹینگ صاٚبن تفصیلہ سان اکھ مضمون شیرازٕ کہ "عجایبات نمبر" خاطرٕ لیوٚکھمُت۔

ترال تحصیلہِ کس "ہاٚری پاٚری گوم" ناوٕ کس گامس منز چھُ اکھ بوٚڈ ٹُلہِ گُل یُس اِستادٕ آسنہٕ بجایہِ پٕتھری چھُ۔ اتھ متعلق چھےٚ

لُکہ رِوایت زاکہِ دوہ کرٛ یوٚدِ شیخ العالمؒ صأبن تُلہٕ مُرٕستی مسواک۔
چونکہ تُلہٕ موٗر چھےٚ ڈرآسان، لہاذا کوٚ ڈتموجلالس منٛزٕ یتھ اتھ گش
تہٕ وون ہوس "گرٛھ! نہ ژےٚ تہِر نہ ژےٚ موٗل"۔ تتھۍ چھُ یہِ تُلہ
گُل کھوٚتمُت یُس اکہِ انٛدٕ دوٗدران چھُ تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ پھلان چھُ۔
لُکھ چھِ اتھ ضرورتہٕ وِزِ قسم کران۔ بٔڈ چھِ کأنسہِ یہِ ونان "پکھ قسم
کرنہِ نٛدٕ کشوٗرن"۔ یژھے بیاکھ مثال چھےٚ "گانگ" چہِ وِرٕہٕنٛز۔
ترٛالہ ہیٚوٚر چھُ اکھ گام گانگ تہٕ اتہِ چھِ یہِ وِرٕیتھ لُکھ یڈٕ لأگِتھ قسم
کران چھِ۔
کیٚنٛژن پرٛبژھن تہٕ ہجویہ شعرن منٛز تہِ چھِنہٕ کأشری گُلبن
گُٹبن ہِنٛدۍ ناو گنٛڈنہٕ وأرے روٗدۍ متۍ۔ مثلن اکھ پرٛبژھ چھےٚ "
کھوٚرپکان بیرِ بیرِ ژیٚرِ دِوان نٔم" یُمۍ سُند مطلب چھُ "ینٛدرٕ تُل" یانی
تون یہِ ہجویہ شعر یُس کمۍ تام پنٕنس ہمسایہ مجہ ڈارس گوٚنڈمُت چھُ :-
مجہ ڈارنۍ دجہِ کنان ہوان سموار
ویرٕ پنٕس قہوٕ کران چوان مزٕ دار
یابیدلؔ ترٛالی سُندیہِ ہجویہ شعر جلال الدین نہارس متعلق

پھر بستس چھُ آمُت ریش

وُچھ تون یہِ جلہٕ درویش

یتھےٚ ہیوٚ یہِ ہجویہِ وَن ون ہُر وُ چھتون

مالہِ نبو لاٗجی لِسہٕ یِلیٚ ہسرے

جل پکھ ٹھسرے ھسہ زینکھ

محمود گاٗمی سُنٛد اکھ زبان زد بنٛد چھُ یتھ منٛز تٔمی ہاکہٕ نِشہِ بیزاٲری ہُنٛد اظہار کوٚر مُت چھُ:

اے ہاک کتہِ اکھ

از خانے مومہ ٹاک

نہ ژےٚ مزٕ نہٕ ژے پاکھ

اٹھو بیٹھو بالاے تاک

غرض کاٗشرِس فوک لورس منٛز چھِ کشیرِ ہنٛدی گُلوٗ گُٹی یسلہٕ پاٹھی نظرِ گژھان تہٕ کلبن گٹبن ستی چھےٚ فوک لورچہِ الہٕ پلہٕ سارے وہتی ذاٗژا کہٕ نتہٕ بییہِ رنگہ ابساوِتھ۔



تحریر: ۲۰۰۵ء

(۷)

# پیرمحی الدین شاہ حافظؔ اکھ گُمنام شاعر

ترال علاقن گۄری عاشق ترألی، مہدی گنایی، حسن شاہ بیدلؔ جلال الدین شاہ نہبر (نہارؔ)، رجب حامدؔ، اسداللہ کانٹرو غالبؔ، پیرمحی الدین حافظؔ ہی جان تہٕ زبر گونماتھ پأدٕ۔ یۄ دوے ہیرِ کنہٕ درج گوٚڈنکین شین شاعرن مُتلق تہٕ چھنہ کانٛہہ خاص کأم کرنہٕ آمٕژ، مگرتہٕ گۄرِتھ تہٕ چھُ کم کاسہٕ تذکرٕ ''کشمیری زبان اورشاعری'' (ازعبدالاحد آزاد) تہٕ ''اوحال نامہ'' (ازچمن لال چمنؔ تہٕ بشیر اخترؔ) ہشن کتابن منز کرنہٕ آمُت تہٕ حافظ سنٛز چھنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہٕ ذکر کرنہٕ آمٕژ۔ حافظ سُند اصلی ناو اوس محی الدین تہٕ عام طور أسکھ لُکھ مہدہ شاہ یا مہدہ صأب ونان۔ یم أسی میٛڈ رگامہٕ کہو سید بُخأری یومنٛزٕ۔

حافظ کرزاے تہٕ کرگزریہٕ، اتھ متلق پٔرژھ مےٚ تہندس بأیس پیرحسین صأبس تہٕ تہنزِ باوزِ شریفہ بانو یوس پانہٕ تہٕ کأشرِ

ادٕچ سٹوڈنٹ چھے۔ تہند باشہِ گذریہٕ تمہ دُستتھ وٕری وأنسہِ منز
یکم جنوری ۱۹۸۷ عیسوی منز تہٕ آیہ بابا یوسف جلالیؒ صابنس
استان کس احاطس منز میڈ رِدفن کرنہٕ۔ تم أسی دٕہن وری ین ہنز
وأنسہ منز شِتلِی بیمارِ منز ہنہٕ آمتی، یمہِ کنی تم أچھ گاشہِ نِش محروم
گے۔ اکھتے گیکھ دوشوے زنگہٕ تہِ ببکار۔ تم روٗ دی سأری سے
وأنسہ أنی تہٕ رٕنی۔ اوٗت تام چھُ تمو سورے قرآنِ شریف پننس
وألداحد صأبس نشہِ پورمُت آسان۔ تمنے دٕہن چھِ زنی مر (سرینگرٕ)
پٹھ مولوی احمد (عمہ) صأب (یم مرحوم میر واعظ یوسف صأبس مام
أسی) میڈ رٕتھ مکتبہٕ کھولان۔ اتھ منز أسی دُورِ پٹھ طالب علم قرآن
تہٕ فارسی کتابہٕ پرنہِ یوان۔ چنانچہ آیہ محی الدین حافظ تہِ أتھی مکتبس
منز کاہ وٕری وأنسہ منز دأخل کرنہٕ۔ اتہِ پَجہ تمٔ فارسی کتابہٕ تہِ بیٚیہٕ
کوٚرن سورے کلام پاک حفظ تہٕ حأفظِ قرآن آسنہٕ سببے کوٚرکھ
”حافظ“ تخلص۔ تمو اپنو پٹھن آبأیی پیشہ یعنی درس قرآن۔ پننہِ
زندگی ہندِ ہن أخری ایامن تام روٗ دی شُرٕ ہن درس دِوان۔ سوادِ
قرآن علاوٕ أسی تم شُرٕ ہن فارسی چہ مشہور تہٕ مقبول کتابہٕ کریما، نامِ
حق، گلستان، بوستان، پند نامہ، بدائع منظوم، منطق الطیر تہِ کأشر

معنے ہیتھ پرناوان ۔ یمہِ سارے کتابہٕ آسہٕ تِمن زبانی یاد تہٕ یِمن ہٕنٛدِ کاشُر ترجمہٕ اکھ گنڈِتھ ژوپرتھ صورتھ اُس تِمن از بر۔ چنانچہ ساری نےٚ بچن اُسی تِم ہوبن لفظن منز معنی ونان ۔ کاشِ تِہنٛد ترجمہ ییٚہ ہے کتابی صوٗرتھ دِتھ رٔژھراونہٕ ۔ میٚڈرکی تقریبن سأری شُری اُسی تِمنٕے نِشہِ درسِ قرآن پران۔ تِموچھےٚ اتہِ چہٕ ترٛے پُیہٕ پرناوِمژٕ ۔مےٚ چھُ حأرت زِ بچن اُسی تِم آوازِ تلہٕ پرزٕ ناوان تہٕ الگ الگ پرٛیتھ شُرس سبق ونان ۔ پژی پأٹھی اوس تِمن قدرتن کمالُک یاداش دیُتمُت ، یودوے زن تِمن اُچھ گاش رٔٹمُت اوسُن۔ لُکھ اُسی میٚوٕ رژھِ یا پھوک دِنہ باپتھ شُر بن تور نوان ۔مےٚ چھُ یاد میأنی نأنی اُس مےٚ شُری پانہٕ تور نوان ییٚلہِ بہٕ تِہنٛدِ بقول "کھوژمُت" اوسُس آسان۔

مہدہ صأبس اُسی وار یاہ مُریدتہٕ معتقد ، کینٛہہ تِیٚنہٕ گامکی تہٕ کینٛہہ سرینگرٕکی۔ کینٛہہ اُسی دُنیاوی حاجتو باپتھ یوان تہٕ کینٛہہ باطنی وتن ہُنٛد گاش ژھانٛڈنہِ ۔مہدہ صأبنہٕ لوکچار اُسی گُنہِ دار العلوم پیٹھٕ فارغ التحصیل مولوی گمٕتےٚ آسان۔ تتھ وقتس اندر اُسی دیوبند پیٹھٕ مولوی نورالدین ترالی فارغ سپدِتھ آمٕتی ۔مہدہ صأب تہٕ نور

صأب أسی گنہِ گنہِ مجلس کران ۔ باطنی تہٕ رۄحانی رموزن ہنٛز
ژٕیش أسکھ بال پانہٕ پیٚٹھے ۔ چنانچہ پننے گامکس غفار صأب
تانترےنش سپدی دستِ بیعت ۔ غفار صأب أسی تمہِ وقتکی پایہِ
بڈی فقیر ۔ احد صأب زرگر تہٕ أسی تمن نِشہِ یوان گرٕھان تہٕ
رجب حامدس تہٕ أس تمے گوڈنکی مُرشِد ۔ غفار صأب تانترے
گذریہٕ از بروٗنہہ پنژاہ وری یعنی لگ بھگ ۱۹۴۷ عیسوی منٛز۔
تمہِ پتہٕ چھِ اکہِ پھِر مہدہ صأب نر پرستان (سرینگر) رِکس علی
صأب حقانی ہِندس خدمتس منٛز حاضر سپدیمتی ۔ تموتہِ چھکھ سلوک
چہِ وتہِ ہنٛز زانکاری گرمٕژ، اور أسی تم پننی پتری بأے پیر
مصطفےٰ شاہن نمتی ۔ یمن مہدہ صأب گنہ گنہ نکھس پیٚٹھ تہٕ ٹلنی
پیہِ ۔ (مصطفےٰ صأب چھِ وُنہِ خأرسان بقیدِ حیات)۔
مہدہ صأب أسی پوٗرِ واأنسہ کھاندرٕ رۄستے ۔ تم أسی پننس لوٚکٹس
برادر پیر حُسین صأبس ستی روزان ۔ چونکہ تم أسی دنیأوی لوٚہ لنگرٕ
نِشہِ لوٚب لہٰذا أسی أکِس مخصوٗس کوٗٹھرِ منٛز روزان ۔ شرٕبن أسی
أتھی منٛز پرناوان یا أسی گنہِ گنہِ مسجدٕ ہنٛدس عُقبس پیٚٹھ کلاس
لاگان ۔ (تم أسی بابا یوسف جلالیؒ ہِندِس استانس تہٕ میڈ رچہِ

جامع مسجدِ بالکل نزدیکھ روزان )۔ مہدہ صائبنہِ کوٹھرِ منز اُسی راہِ
سلوٗککی راہی شامس ژیرتام محفل سجاوان ۔ وُنہِ تہِ چھِ تم کینٛہہ لُکھ
بقیدِ حیات یم اور ہیٚتھے یِوان اُسی ۔ تِمن منز چھِ پیر سونہ شاہ
(عمر ۹۲)، پیر مصطفٰے شاہ (عمر ۸۰) تہٕ مُریدِ خاص علی محمد وانی (عمر
۴۵ وری) قابل ذِکر ۔ علی محمد صائبن کوٚر مےٚ یِیمہِ مضموٗنہِ باپتھ
ضوٚروری مواد فراہم ۔ تِموٚ ے اوس مہدہ صائبُن کلام پانٛپرٕ کِس محمد
صدیق بٹس اتھِ دِتھ ۔ "غزلیات حافظ موسوم بہ کلام حافظ"[۱]
ناوس تل چھاپ کرناونو وُمت ۔ یہ کتابچہ چھُ پرانٛس طریقس
پیٹھ دوکالمی تہٕ زاوِلس خطس منز تہٕ اتھ چھِ ۳۲ صفحہٕ ۔ کاتب
چھُس بلکلے اکھ چھان پیٛوٚمُت ۔ اتھ منز چھُ اکھ نعتِ شریف،
اکھ مناجات تہٕ وُہ زٕ ہتھی وژن کبو غزل ۔ حافظٕ سِندِ مشقِ سخنُک
دور چھُ اندازن اُکی ہِسے ڈٕہلس وبحاظٕ کران ۔ تکیازِ یم زٕ نسخہ
تھٕنز شاعری ہٕندی مےٚ نظرِ گئے تِمو منز چھِ گوڈنِکس نسخس اٰخرس
۵ ماہ صفر ۱۳۷۵ عیسوی لیٛکھِت ۔ یہ چھُ تِہندی اکی جوان مرگ
مُرید ثنا اللہ بٹن پننہِ قلمہ سبٹھے بہترین خطس منز لیٚوکھمُت ۔ اتھ

[۱]: یہ کتابچہ چھُ حافظ سٕنٛز حیاتی منز ے Out of Stock گومُت ۔

منز چھِ صرف أٹھ تخلیقات یَمن چھُ الگ الگ عنوان تہِ دِتھ۔
بوہۂ کنہ چھُس بہٕ یَمن ہندی گوڈٕنکی شعر پیش کران :

۱ بہٕ گوس مبتلا یا حیاۃ النبیؐ
مےٚ گری توم رہا یا حیاۃ النبیؐ

۲ نورٕ نشہِ نُورٕ ے پرٕزٕ لاوتن
گاشس تہٕ نورس چھیے ملہ وَن

۳ ہوش دارٕ ہوش تھاو ڈنجہ پیمانس
تول میزانس پننٕے پان

۴ ژٕ تہٕ بہٕ وننٕے گوڈٕ مشراو
وحدتکہِ آبہٕ منزٕ پان ننہ ناو

۵ فان گژھِ پانو فانٕے زان
پرٕ اللہ اکبر کر قربان

۶ خاک و باد آب و نار ژٕ ے ملہٕ ناو
عشقہٕ طوٗفانس پان پُشراو

۷ دِلس میأنس کوٚر ییٚنگار عشقن
پلس کوٚت دوٗر ترٕ وو رفتار عشقن

۸ غم تڑاو بم تُل دِلہٕ چھِن تارن
وأصِل کارن کر اتھٕ واس

امہ پتہٕ چھُ کاتب سنٛز کأم علی محمد لگ بھگ نُو وٕہری سمبالان ۔ أمی چھِ ہیٖرِ موٗ اُٹھو تخلیقو سان باقی کلام قلمبند کرٕنچ کأم ۲۰ شوال ۱۳۸۴ ہجری اند واتناوٕمٕژ ۔ امہ پتہٕ چھنہٕ حافظن کینٛہہ لیوٗکھمُت بلکہ رُوٗ دوقتن فوقتن سیف الدین صأب اندرابی تہٕ معراج الدین شاہس، اتھِ بییہٕ نسخہ تیار کرناوان مگر یمن منٛز رُوٗد سُہ شیرٕ ژأر کران ۔ البتہ چھُ أکس وٕژنس منٛز ۱۳۷۶ ہجری وٕری یُک حال باوان ۔ تہنٛزن تخلیقن منٛز چھےٚ اکھ فارسی نظم تہٕ شامل یوسہ غأر مطبوعہ چھےٚ تہٕ چھےٚ بوٗنہٕ کنہٕ درج ۔ اتھ منٛز چھُ حضرت بابا یوسف جلالی سنٛدی حالاتِ زندگی گأشراونہٕ آمتی :-

شیخ یوسف[۱] بوٗد شیخ پُر کمال
دائما بود ست محوِ ذوالجلال
زِ آن سبب وصفش جلالی شُد بیاں
بود محرم در ہمہ راز پنہاں
در کمالاتش چہ گویٔم وصفِ او

چوں ندانم تاچہ خوانم وصفِ او
پای او بر سنگِ[۲] خارا زد نشان
کان نشان ثابت بود ہم ایں زماں
ہو بہو بر سنگ خارا پایِ او
نفش نقاش شد پدید از جای او
بود تنہا در کہستاں[۳] جای گیر
از ہمہ نفرین با حق دلپذیر
ساگ کوہی[۴] اکتفائے روزیش
سنگ ریزہ بستر و بالینیش
بود سقفش آسمان بے ستون
جن[۵] و وحشی بہر خدمت سرنگون
زیر رانش شیرِ نر آمد دوان
ہمچو اسپ زر خریدہ بیگمان
ترک لذت ترک شہوت[۶] کارِ او
حسبنا اللہ بس ھو اللہ یارِ او
یافت مریداں بہرہ ہا ازوی بسے

هم به ظاهر هم بباطن هر کسے
هم زِ اول تا بآخر نیک نام
ماند باقی درمیان خاص و عام
ایں چنین عمرے بسر هم کرده او
کردے خود را بخود هم برده او
نه صد و هشتاد ونه بگذشت سال
هم ز تاریخِ رسولِ بے مثال
دوازده تاریخ از ماه محرم
هوائے مختلف آمد بعالم
حسب موسم بود آں فصل بہار
هم گل و بلبل به هم در لالهٔ زار
چار روز بعد نو روز رفته بود
شیخ حق عازم به جنت رفته بود
یوم یکشنبه بوقت اُستوا
عزم رفتن ساخت آن نجم الهدا
از جہاں دارِ فانی آنجناب

کرد رحلت باز شُد آب بآب
جای مدفن شد به ٹڈور درمیان
آفرین بر خاک او از مستعان
جای ایشاں شد خلیفه آں زماں
میر سید حسن بود اسم شان
اسم عامش میر لاله پیرے بود
هم نسب از سیدانِ کڑپر بود
اَبِ ایشان میر سید نعمت الله
پشت به پشت آں تا علے مرتضےؓ
این چتیست نقل اخبار و کتاب
بعد ازیں والله اعلم بالصواب
یا الٰہی باد رحمت جان او
باهمه اسلاف و اخلاقاں او
هم ز حافظ صد درود و سلام
بر محمد آل و اصحابش مُدام

أخرس پیٹھ کرِ بۂ ژھنڈِ مطبوعہ کلامہٕ منز کینژہہ بند پیش

وجوُدأندرے پانس ژھار کتہٕ چھےُ گنج تہٕ کتہٕ چھےُ مار
کنڈٕ وے منز کڈ ژأرِتھ پوش کن دِیو سُخنن بوٗ زِتھ توش

دَم دار پأٹھی دَم ہیتھ روز
دَمہٕ ستی وَزیو أندرم سوز
دَمہٕ ستی پمپوش پھولہٕ ناوتن
گاشس تہٕ نوٗرس چھےُ مِلوَن

یارٕ سُند پَے پرٛژھ نشہٕ پروانس
نارٕ تیمی زوٗلن پننے پان

..................................

تول میزانس پننے پان
کُس چھُ عأمل کُس چھُ معمول

کُس گو رَد تہٕ کُس چھُ مقبول

پھیرِ ہتی اُکی ہےٕ دہ پہو ناو

وحدت کیہِ آبہٕ منز پان تتہٕ ناو

لا کر طمہس طمع کین کارن

گاہ تزاو پننے از انفاس

شہ رتھ شاہ بنکھ منز شہارن

واصِل کارن کر اتھٕ واس

ترتھ گوس عالمن دون لوٗگ کُنے تار

مرِتھ آلو کوٗرُم دوبارٕ عشقن

سرُن چھُے کیا تُرے حافظ زِ سمسار

کرُن دوٗ پنم پنُن باپار عشقن

بادَم بینا ظلمات شہارن گٹہِ منز وُنی توم گاشہ کتہ آس

بے دم گاشہِ منز لگہِ گٹہِ کارن واٴصل کارن کراتھٕ واس



# حواشی

۱: یِمن چھِ عام پٲٹھؠ لۄکھ بابہٕ یوسف ناوٕ ستؠ یاد کران۔ یہنز زیارت چھےٚ ''میڈٕر'' ناوٕ کِس گامس منز ہبر پورِ۔ یتھ یہندِس ناوس پیٹھ بابہٕ پۄرٕ رتہِ ونان چھِ۔ بابا یوسف چھِ شاید صوفی سلسلہٕ جلالی یس ستؠ تعلق اُسؠ متؠ تھوان یُس سید جلال الدین بخاریؒ صأبس ستؠ منسوب چھُ۔

۲: ازتہِ چھُ اکھ کنہِ پل میڈٕرِ اُحدوانی نس باغس منز موجوٗد یتھ پیٹھ کھورُک نشان بوزنہِ یوان چھُ۔

۳: وۄستوٗرونس منز گذاُر بابہٕ یوسفؒ صأبن ریشین ہندی پأٹھؠ زندگی۔ تتھؠ رۄ دی خداُیی وتھ سران۔

۴: بابہٕ یوسف اُسؠ ژھاوجہٕ دٕ دس تہٕ وہ پل ہاکس پیٹھ گذارٕ کران۔ دپان اکہِ دہہٕ ژۄ تکھ وہ پل ہاکہٕ ؤتھر۔ تتھ گیہِ کرِپچ آواز۔ دوٚ پکھ یتھ تہِ چھُ زٕو، تۄ پتہٕ رۄ دی صِرف ززریوٚمت وہ پل ہاکھ کھوان۔

۵: یہ چھےٚ اکھ عام روایت زِ تمن چھِ باہ شتھ جنات تابع۔

۶: تم رۄ دی پۄرٕ وأنسہِ مجرد۔

۷: بابا یوسف جلالی سُند سجادٕ نشین بنیو سید میر حسن شاہ بُخاری تیمِس بابا یوسف سنز باوزٕ شاہ بیگم صأب شریک حیات اُس۔ حسن شاہ صأب چھ سید نعمت اللہ ابن سید فضل اللہ ابن سید حسن منطقی سندی فرزند۔ یِمن چھِ عام پأٹھؠ لالہٕ میر صأب ونہٕ یوان۔ یہندی سے ناوس پیٹھ چھُ ترال علاقُک گام لالہٕ گام۔ بابا یوسف سندِس استانس منز چھِ لالہٕ میر صأب، شاہ دبد صأب تہٕ تہندی ژور فرزند تہِ اوسؠ دٕ۔ حافظ تہٕ راُقم بیہِ میڈٕرِ کی باقی سادات چھِ تقریباً ساری سید میر حسن شاہ صأب نی زُریات۔

(ختم شُد)




# WANT TO LEARN KASHMIRI?

Read
**Kashmiri Language Teacher**

The unique book in
a unique style

**Available at :** 1. KBD, Lal Chowk Sgr 2. TFC Centre, Gaw Kadal, Sgr

جموں و کشمیر ریونیو سروس (ایگزیکٹیو) کے محکمانہ امتحان کا گائڈ

تکمیل کے مراحل میں ہے۔ جس کو پچیس سال کے نائب تحصیلداری اور تحصیلداری محکمانہ
امتحانات کے سوالناموں کو پیشِ نظر رکھ کر فاروق بخاری (تحصیلدار) نے نہایت جانفشانی
اور عرق ریزی سے مرتب کیا ہے۔

سلیس اُردو میں سوالات و جوابات کی شکل میں

## 'دستورِ مال - بزبانِ مال'

جس کو پڑھکر آپ کو ضخیم کتابوں کی بھول بھلیوں میں کھونے کی ضرورت نہ رہیگی

- سوالات انگریزی میں معہ اردو ترجمہ
- جوابات مختصر مگر مکمل
- قیمت مناسب
- طباعت و گیٹ اپ خوب صورت

'بقائے اُردو' (رضاکار تنظیم) کی طرف سے شائع ہو رہی ہے

# HEALTH CARE
# HOMOEOPATHIC CLINIC

For the treatment of all chronic and long standing diseases e.g, Skin & Sex, Stomach troubles, Chest diseases, Rheumatic pains, Female troubles

## AVOID SURGERY IN

Piles, Kidney Stones, Ovarian Cysts

EXPERIENCED DOCTORS AVAILABLE

TREATMENT WITH GERMAN MADE MACHINES

## TIMING

DAILY — 10 AM TO 3 PM

SUNDAY — 10 AM TO 1 PM

OPPOSITE GEN. BUS STAND, BYE PASS,
PANTA CHOWK, SRINAGAR PH.: 01933-224068

EHSAN 123A6

Designed & Printed by AL-HAYAT printographers Gaw Kadal, Srinagar 2473818, 9419525103